


# علی محمد لون

مجید مضمر



ھندوستآنی
اَدبکی
مِعمار

سر ورق اَندری کنہِ بُمہ سنگ ترأشی ہنٛدِ نموٗنٕچ تصویر چھےٚ، یتھ منٛز چھہ ترٛے
جوتشی بھگوان بُدھ ہٕنٛز ماجہ مہارأنی مایا ہنٛدِس خوابس تأبیر کران تہٕ بٔتمن
بوٚنہٕ کنہِ چھُہ اکھ کأتب بہتھ تأبیر لیکھان۔ یہٕ چھےٚ شاید ہندوستانس منٛز
لیکھنہٕ کہِ فنٕچ قدیم ترین تصویری مثال۔

(ناگ ارجن کونڈا، دوٚیم صدی عیسوی)

بشکریہ نیشنل میوزیم نئی دہلی

ہندوستانی ادب کے معمار

# علی محمّد لون

مصنّف

مجید مُضمَر



ساہتیہ اکادمی

*Ali Mohammad Lone* : A monograph in Kashmiri by Majeed Muzmar on the Kashmiri author. Sahitya Akademi, New Delhi (1998), Rs.25.



پہلا ایڈیشن ۱۹۹۸ء

ساہتیہ اکیڈمی

ہیڈ آفس :

رویندر بھون ۔ ۳۵ فیروز شاہ روڈ، نئی دہلی ۱۱۰۰۰۱

سیلز آفس :

سواتی، مندر مارگ، نئی دہلی ۱۱۰۰۰۱

علاقائی دفاتر :

جیون تارا بھون، چوتھی منزل ۲۳ اے/۴۴ ایکس، ڈائمنڈ ہاربر روڈ، کلکتہ ۷۰۰۰۵۳

۱۷۲، ممبئی مراٹھی گرنتھ سنگھرالے، دادر ممبئی ۴۰۰۰۱۴

گنا بلڈنگ، دوسری منزل، ۳۰۴-۳۰۵، انا سلائی، تینام پیٹھ، مدراس ۶۰۰۰۱۸

اے۔ڈی۔اے رنگ مندر ۱۰۹ جے، سی روڈ، بنگلور ۵۶۰۰۰۲

قیمت: پچیس روپے

ISBN 81-260-0563-7

طباعت : سپر پرنٹرز، دہلی۔۱۱۰۰۵۱

# اِنتساب

اردو کِس بَہلہِ پایہِ نقادس تہٕ شاعِر

**جناب پروفیسر حامدی کاشمیری**

پسندِ ناوٕ

"گہر جانبِ ابرِ نیساں فرستم"

مجید مضمر

# فہرست

صَفہٕ نمبر

# پیش لفظ

علی محمد لون چھُ کٲشرِ ہُند سُہ تھِکن لایق اُدیب یِمی پننہِ تخلیقی جوہرُک مُظاہرٕ اکہِ بدلہٕ ترٛین صِنفن منٛز کوٚر۔ عوامس منٛز چھُ سُہ ڈراما نگارٕ سٕنزِ حیثیژِ کِنہٕ مقبوٗل آسی تھے مگر تمی سٕنزِ تخلیقی شخصیژٕ ہٕنز پرٛیز نتھ چھےٚ ڈرامہو علاوٕ افسانٕہ تہٕ ناولہ تہِ۔ لسانی تعصبہٕ نِشہِ بالاتر گژِھتھ روٗد سُہ کٲشرِس علاوٕ اردوہس منٛز تہِ لیکھان۔ پننہِ ادبی زندگی ہٕندِین اکہٕ پلہٕ ژتجہن وٕرِیَن دِتی لون صابن یِنیتہِ کِس اردو تہٕ کٲشرِس اَدبس کینہہ سٕٹھہے جان افسانٕہ تہٕ ڈراما۔

لون صاب چھُ کٲشرِ اَدبہٕ کیو تِمو تعمیر کارو منٛزٕ یِمو سوروٚنہِ صدی ہٕندِ پوٗنژِ دہِ ڈٕہلہِ یور کِنُن مختلف ادبی صنفہٕ ورتاوِتھ کٲشرِس نٔثرِس اِستحکام بخش۔ یہٕ اوس سُہ زمانٕہ یِیلہِ کٲشرِس منٛز افسانٕہ، ناول تہٕ ڈراما لیکھنٕچ رِوایت تقریباً نہ آسنس برابر آس۔ یِمنے حساس، باشعور تہٕ باصلاحیت اُدیبن ہٕندی ڈٕسی ہیوٚت آسری ستی نٔثرِ تخلیق اظہارُک تہٕ سٕنجیدٕ بوٗذٕہُنٛد معتبر

ذٔریعہٕ تہٕ کاشُر اَدَب آو باقاعدٕ پأٹھۍ ہمکال زندگی نکھ۔ لون صابَن وَرتاوی یمن ترٛیشوٕنۍ صنفن مَنٛز زندگی ہندۍ لوکٕٹۍ بٔڑۍ موضوع پننہٕ آیہٕ تہٕ ہیٚتٕس تہٕ ٹیکنیکہٕ مَنٛز کٔرن کینٛہہ سأدٕر وار تہٕ موٚلۍ تجربہٕ۔ یوٚدوَے تمی سٕندن مقامی ٹیکس دآیرس مَنٛز قاد چھُنہٕ تاہم چھےٚ موادٕ رٕنگی تہٕ فکرٕ لحاظٕ کشیرٕ ہنٛز تہذیبی، سماجی تہٕ سیاسی زندگی اَتھ مَنٛز سوٚ زیرٕ ین لٔہر یوسہٕ ماجہٕ کٔشیرٕ سٕتی تمی سٕند لول تہٕ ژٕکھ دیدمان بناوان چھےٚ۔ لون صابن کوٚر دوٚیمین زبانن ہٕندین کینٛژن شاہکارَن ہٕنٛد ترجمہٕ کٔرتھ کاشرِس نثرِس بٔرٕزر۔ تمۍ لیٚکھۍ کاشرِس مَنٛز سارِوے کھوٚتہٕ زیادٕ ڈراما۔ "ٹُیا" ہیٚوٚ شاہکار تہٕ کوٚرُن تخلیق۔ سٹیجہٕ تہٕ ریڈیوہکہٕ حوالہٕ چھُ تمی سٕند دیُت کاشرِ ڈرامہٕک اَکھ سوٚ نہاری باب۔ حأریٚخ کتھ چھےٚ یہٕ زِ وُنیُس تام آو نہٕ لون صابٕنین ادبی کارنامن کُن کانٛہہ شٔنجیدٕ تہٕ خاطر خواہ توجہ دِنہٕ۔ ییٚتہٕ کِس اَدبی توارٕیخس تہٕ تنقیدس مَنٛز چھُنہٕ تمی سٕند ذِکر تیوتاہ یوٚت آسُن گوٚژھ۔ البتہٕ چھےٚ یہٕ تمۍ سٕندِس مَرٕنس پیٛٹھ کینٛہہ مضمون مگر یہنٛز نوعیت چھےٚ تاثرآتی۔ ساہتیہ اکیڈمی چھےٚ اَمہٕ لحاظٕ شابٲشس لایق زِ لون صابٕنین اَدبی خدماتن کُن گوٚو اَمیُک ظوٚن۔

لون صابٕنۍ ساری ڈراما تہٕ افسانہٕ چھنہٕ دٔسی یاب۔ مےٚ کٔر کوٚشش زِ زیادٕ کھوٚتہٕ زیادٕ مواد گوٚژھ مےٚ میلُن۔ اَتھ سِلسِلس کوٚر مےٚ ریڈیو کشیرِ تہٕ ریاستی کلچرل اکیڈمی سٕتی وابستہٕ کینٛژو دوستوَ علاوٕ تِمو کینٛژو صاحبوَ تہٕ اَتھ روٚٹ یِم لون صابٕنۍ قرٕیب روٗدۍ ہٕتی چھہٕ۔ بہٕ چھُس یِہنٛد شُکر گزار۔ مانوگرافس چھہٕ پٔننۍ کینٛہہ حدوٗد تہٕ یِمن حدن مَنٛز، یوٚت مُمکِن سپُدُم، کوٚشش کٔرُم زِ لون صابٕنۍ اَدبی شخصیت گژھہ برونہہ کُن یِنۍ۔ یَتھ مانوگرافس ہیٚکَن

خامی تہٕ آسِتھ مگر وۄمید چھم زِ یہِ ما پھِر نقادن ہُند ظؠون لون صابٕنِ
اَدبی سرمایس کُن، یتھ میانہِ خیالہِ ژھانڈ دِنٕچ واریاہ گُنجایش چھےٚ۔
بہٕ چھُس ساہتیہ اکیڈیمی تہٕ اَمچہِ کاشرِ مُشاورتی کمیٹی ہُند بےٚ حد شکرگزار
یِمو مےٚ یہِ مانوگراف لیکھنُک موقعہٕ فراہم کورٕ تہٕ سیتی کٔرکھ سۄ دیری تہٕ
برداش یۄسہ میانہِ آور یرِ سببہٕ اَتھ لیکھنس مَنٛز لٔج۔
ڈاکٹر مجروح رشید صابن تھوٚو مےٚ پننُ ذاتی کتب خانہٕ آیہِ تَن تہٕ
سیتی پننُ وقت تہٕ یتھ مَنٛز تمِس سیتی کتھ کٔرتھ کینژن نوکتن گیہِ درایہِ۔ ڈاکٹر
گلزار احمد پڈر تہٕ ڈاکٹر رفیع احمد تہٕ آیہِ مانوگراف لیکھنس دوران مےٚ اکارلبکار۔
یِمن ترٛیشونی دوستن ہُند لول چھُنہٕ میانہِ شُکرِیہُک موحتاج تکیازِ "حسابِ
دوستان دردل باشد"۔

سرینگر ۹، مئی ۱۹۹۸ء

مجید مضمر

# حیات

علی محمد لون یُتھ زمانٕس منٛز زاو تہٕ تُتھی منٛز زاو کٲشیرِ ہِنٛدِس ڈوگرٕ حُکمران مہاراجہ ہری سِنگھُن فرزند تہٕ پرآی چھِ وَنان زِ اَتھ موقس پیٹھ آیہٕ کٲشیرِ سارِنے سکوٗلَن منٛز مِٹھٲی بٲگرٕنہٕ۔ لون صٲبُن مول اوس نہٕ مہاراجس نہٕ کانٛہہ بوٚڈ موٚہنیوُ زِ شُرِن ہُنٛد زیوٚن مَنادِہے تہٕ کُنہِ یُتھ زَن دوہ تہٕ تارِیخ یاد روزِہس۔ وَیسے تہٕ چھِنہٕ غریب یا متوسط گرَن ہنٛزِ یژھ کَتھ اِشتہار بَنان۔ بیٚیہ اوس یہِ سُہ زَمانہٕ یَیلہِ کٲشیرِ منٛز عام مسلمان گرَن منٛز شُرِن ہُنٛدِس زا تارِیخس کانٛہہ اہمیت اَس نہٕ۔ یوہے چھُ وَجہ زِ لون صٲبُن صحیح تارِیخہ پیدایِش چھُنہٕ معلوٗم۔ پروفیسر عبدالقادر سروری چھِ پَننِہ کِتابہِ "کشمیر میں اردو" کِس ترٛیَیمِس جِلدس منٛز لون صٲبُن زینہٕ وٕری ۱۹۲۷ء لیکھان[1] یَیلہِ زَن ملک راج صراف، موتی لال ساقی[2] تہٕ اوتار کرشن رہبر[3] ۱۹۲۶ء

---

[1] کشمیر میں اردو حصہ سوم ص ۲۴۴
[2] ماہنامہ تعمیر، جنوری ۱۹۸۹ء ص ۱۵
[3] فنکار، جنوری ۱۹۸۸ء ص ۱۷

لیکھان چھہ۔ تاہم چھُ ۲۷، ستمبر ۱۹۲۶ء لوٚن سُنٛد زیٚنہٕ تارٟخ مانٛنہٕ پوان یتھ سکول ریکارڈ، تعلیم، مُلازمت تہٕ باقی حوالہٕ تہٕ ڈرراوان پتھ۔ لوٚن صاب چھُ پانہٕ لیکھان:

" سکوٗلہٕ رولس منٛز لیوکھ کُنہِ تام ماسٹرٕجی ین میانہٕ تمہٕ ساتہٕ چہٕ وانٛسہٕ ہُنٛد غلط سلط اَنداز کٕرِتھ میون زیٚنہٕ وٚری ۲۷، ستمبر ۱۹۲۶ء ییٚس بار بار اِستعمال یِپدہٕ سیتی وۄنی میانہٕ خاطرٕ کُنہِ کھٔنی منٛز رکھٕ بنٛہٕ منٛز چھیٚ" ۔[۱]

لوٚن صاب زاوٕ سری نگرٕ کس مشہوٗر تہٕ تارٟخی محلہٕ درۄگجنس منٛز۔ اَمہٕ جایہٕ ہُنٛد ذِکر چھُ کلہنٕ سٕنٛزِ " راز ترنگنی " منٛز تہٕ۔ یہٕ جاے چھےٚ شنکر اچاریہ بالہٕ تھوٚنگس تلہٕ کُنہ ڈٕل بٕٹھس پیٹھ واقعہ۔ لوٚن صابن چھُ پانہٕ پنٕنِس تخلیقی تہٕ ذہنی نشوٗنُمس سیتی اَمہٕ جایہٕ ہٕنٛزِ خوبصوٗرتی ہُنٛد تعلق محسوٗس کوٚرمُت تہٕ اَمِچ چھَن باوتھ تہٕ کٔرمٕژ۔

علی محمد لوٚن سُنٛد بُڈ بب غلام رسول لوٚن اوس آری پل بلوامٕنٛک روزن وول۔ ییٚس پتہٕ خانہٕ داماد بٕنِتھ سرینگر روزنہٕ آو۔ تمی سٕنٛدی فرزند عبدالرحمٰن لوٚنن کوٚر پاری گام پلوامِچہٕ اَکس کورِ سیتی کھانٛدر ییمس خدیجہٕ ناو اوس۔ عبدالرحمانس آسی ژور فرزند — عبدالعزیز، غلام محمد، علی محمد تہٕ محمد سلطان۔ یمن پانٛژن اوس علی محمد لوٚن تمی سُنٛد ترییُم نیچوٗ۔ خدیجہ لِیہٕ دوے گاپچ آس مگر دوٚیمین گامہٕ چھُن مقابلہٕ آس پٔرمٕژ لیچھمٕژ۔ سو آس سیٹھاہ نیک تہٕ شریف خوتوٗن تہٕ لوٚن اوس تس سیٹھاہ عزت کران۔

لوٚن صابنہٕ پرورشہٕ منٛز رود تمی سُنٛد زیادٕ دٔخل تکیاز عبدالرحمان اوس زیادٕ پیٚرن فقیرن ہٕنٛدِس صوٚحبتس منٛز دوہہ دِہن گزاران تہٕ بازے اوس درویشن سیتی بِتھ کُنی موٚت گژھان زِ کھیوٚن یوٚن تام اوسُس مشان۔ شریف النفس، سادٕ تہٕ مذہبی

---

[۱] آجکل فروری ۱۹۷۲ء (غبار کاروان) ص ۱۲

اِنسان اوس۔ عربی تہٕ فارسی زبانَے ہنٛز آسس کم کاسہٕ زان تہٕ فقیرن تہٕ صوفی بزرگن ہٕنٛدِس صحبتس منٛز روزِتھ آسس فارسی شعر زبانَے پیٹھ آسان۔ خصوصاً اوس تمہٕ وقتچہِ مقبول ترین کتابہٕ گلستان بوستانٕکی شعر تہٕ حکایژ دوہراوان۔ شاید ما آسہٕ اَمی کنِ عبدالقادر سروری ین تمس فارسی زبانَے ہنٛد عالِم وَنمتُ[1] ہرگاہ سُہ عالِم آسہٕ ہے تیٚلہٕ آسہٕ ہے ضرور تمۍ سُند ذکر دٔویمین تارٕخن یا تذکرن منٛز۔ تاہم چھُنہٕ سروری صابنہٕ یتھ کتھہِ لنکار کرنس کانٛہہ جواز زِ لون صابس ییٚہ ابتدائی تربیت پنٕنہِ ِنس مالِس نِشی۔

لون صابن پرا اوابتدائی تعلیم درو گجنہٕ کِس گورنمنٹ پرائمری سکوٗلس تہٕ اسلامیہ مڈل سکوٗلس منٛز۔ تمہٕ پتہٕ گوو سُہ سرینگرٕکس ایس پی ہائی سکوٗلس منٛز داخل ییٚنتہٕ تمۍ ۱۹۴۲ عیسوی ئس منٛز پنجاب یونیورسٹی لاہورکہٕ طرفہٕ ذٕہمہٕ جماژ ہٕنٛد امتحان پاس کوٚر۔ ۱۹۴۴ عیسوی ئس منٛز کوٚرن ایس پی کالجہٕ پیٹھ ایف اے پاس تہٕ گوو امر سنگھ ڈگری کالج۔ ۱۹۴۶ عیسوی ئس منٛز کوٚرن پنجاب یونیورسٹی پیٹھہ فسٹ ڈِوجنس منٛز بی۔اے پاس۔

صوفی غلام محمد سُند وَنُن چھُ زِ لون اوس پننہِ خاندانُک گوڈنیُک شخص یُس سکوٗل سوزنہٕ آو[2]۔ گوڈٕ پیٹھے اوس ذہین تہٕ پرنٕس لیکھنس منٛز تہٕ اوس جان۔ اَمی ذہانتہٕ کنِ روٗد تس سکوٗلس کیٚو کالجس منٛز وظیفہٕ میلان۔ لونٕ صابنٕ لو کچار کی دوست صوفی غلام محمد تہٕ بشیر احمد بٹ چھِ پننین تحریرن[3] منٛز بچپنٕکین تمن واقعن

---

۱ کشمیر میں اردو حصہ سوم ص ۳۱۴

۲ روزنامہ سرینگر ٹائمز اول جنوری ۱۹۸۸ء

۳ ایضاً

ہُنٛد حوالہٕ دِوان یِمَوٚ تَلہٕ نَنان چھُ زِ لوٗنَ چھُ لوٚکچارَس مَنٛز بڑٕ طِفلہٕ تہٕ تیلنگہٕ اوسمُت۔

جاناوارن ہندی آلۍ ژھانٛڈتھ تِہندی ٹھوٗل غأب کرٕنۍ یا بچہٕ ہیتھ آلۍ ژورٕ تھاوٕنۍ تہٕ جاناوارن ہُنٛد تَتہٕ کُترٕ کرُن وُچھُن، گرِہ کین ژورٕ ٹاکی وُچھنہٕ گژھُن، سکوٗلَس مَنٛز شُرِٕن ستی شرارتہٕ کرٕنہٕ تہٕ یہِ سورُے ماسٹرٕ جیٛن مارکھیتھ تہٕ کرُن ۔ یِم تہٕ یِتھۍ ہوی بیٚیہِ کینٛہہ واقعہٕ چھِ لوٗن ہِنٛدِ لوٚکچارُک سُہ شبیہہ برٕونٛہہ کُن انان یُس ہرگاہ غأر معمولی چھُنہٕ مگر لوٗن صأبنہِ آزاد طبیعتُک چھُ پَے دِوان تہٕ ستی چھُ پتہٕ پَے لگان زِ تَس کوٚتاہ چھُ اوسمُت ژھارنُک تہٕ زانٛنُک جذبہٕ۔ لوٗن اوس لوٚکچارَس مَنٛز گِنٛدنَس درو کنَس مَنٛز تہٕ طاق۔ فُٹ بال اوس گِنٛدان، ڈُلس مَنٛز اوس دور تام ژھرانٹ وایان تہٕ گِیونَس ستی تہٕ آسس لے۔ سکوٗلَس مَنٛز پیٚنہِ گوڈنہِ کہِ ڈیٚکُک واقعہٕ چھُ لوٗن صأب پانہٕ یِتھہٕ کٕنۍ لیکھان :

"کلاسَس مَنٛز گوڈنِکی دوہ ہیٚہ ہنگامہٕ کرٕنَس پیٹھ پیوٚو مےٚ گوڈنیُک مار۔ میوٚن آزاد طبیعتھ اوس نہٕ شُیَن گھنٹَن ہُنٛد جَبری قأدٕ ژالنَس تیار۔ پَرٕنہٕ لیکھنہٕ خأطرٕ اوس نہٕ کانٛہہ خاص چیز اَمہٕ کنۍ اوسُس بہٕ دوٚیمَن لڑکَن ستی ژُوان۔ دوہ ہیٚہ دِشہٕ کہِ اَمہِ ہنگامہٕ نِشہٕ بچنہٕ خأطرٕ بیٚہہ نووُس بہٕ پَنٕنۍ اُستاد آفتاب رامن پیٚنہِ کھوٚتہٕ زیادٕ عُمرِ ہِندٕ بِکَن ہُنٛدِس کلاسَس مَنٛز تہٕ یِتھہٕ کٕنۍ بجوٗد میانہٕ تعٔلیمی زِندگی ہُنٛد اَکھ وٕری۔"[1]

لوٗن صأبس اوس مطالعہٕ کرنُک شوق گوڈٕ پیٚٹھے۔ تعٔلیمہِ دوران اوس سُہ پریتھ کُنہٕ قسمٕچہ کِتابہ پَران۔ فرصت آسنہٕ وِزِ اوس پَرآنۍ مگر باضے اوس لوٚکچہِ لوٚکچہِ کامہِ

[1] ماہنامہ آجکل فروری ۱۹۷۲ء

نظر انداز کرِتھ تہٕ پرٕنس منٛز مشغوٗل آسان۔ بشیر احمد بٹ صابٕنؠ وَنن چھُ زِ تمو اوس ڈٔلگیٹس منٛز اَکھ ریڈنگ رٗوم کھولمُت یتھ اقبال ریڈنگ روم ناو اوس۔ اَتھ منٛز آسی کتابو علاوٕ تمہٕ وقتکۍ دستیاب رِسالہ تہٕ آسان۔ لون اوس پنٕنین دوستن سٟتؠ اکثر پٔننؠ شامہٕ کال اَتی گزاران۔ بی اے پاس کرنہٕ پتہٕ کٔرِ تمۍ باقاعدٕ پاٹھۍ ادبی کتابہٕ پرنہٕ شروع۔ موتی لال ساقی ہندٕ ین لفظن منٛز اوس نہٕ لون وُنہٕ یوٗ کچار کیو حدو منٛز درامُت زِ تمۍ ہیوٚت طلسم ہوش رُبہک خط ٹلُن۔[1]

بی اے کرنہٕ پتہٕ ہیوٚت لون صابٕن کام کارشروع کرُن۔ ۱۹۴۶ عیسوی یس منٛز گوٗشہ 'خدمت' ناوٕکس مقامی اخبارس سٟتؠ وابستہٕ۔ اَتھ اخبارس منٛز کٔر تمۍ وٕری یس دۄن وٕری ین اسسٹنٹ ایڈیٹر ہندِ حیثیتہٕ کام۔ صحافت ما آسہٕ ہے تمۍ ہٕندِس طبیعتس راس یِنہٕ وول پیشہٕ مگر ۱۹۴۸ عیسوی یس منٛز ترآو تمۍ یہِ مُلازمتھ تہٕ ژاو جموں و کشمیر ملیشیاہس منٛز پولیٹکل کمانڈر ہندِ حیثیتہٕ۔ لون صابس اندریُس تخلیق کار زُوان اوس سُہ ہیوٚک نہٕ یژھ نوکری ہُنٛد مزاج ژالِتھ تہٕ تمۍ ترآو تمی وٕری یہِ یہِ نوکری تہٕ تہٕ کوٚرُن ریڈیو کشمیرس منٛز کلرک ہندِ حیثیتہٕ پننہٕ کیریرُک باقاعدٕ آغاز۔ ریڈیو ہٕچ مُلازمتھ آیہٕ لون صابس پورٕ پاٹھۍ راس۔ اَتہٕ یُس ماحول اوس سُہ اوس لون ہنٛزہ تخلیقی شخصیژ سٟتؠ پوٗرٕ پوٗرٕ ہم آہنگی تھاوان۔ یوٚہے چھُ سُہ ادارٕ یتھ منٛز پروگرام سیکریٹری، سکرپٹ رائٹر تہٕ اسسٹنٹ پروڈیوسر ہندِ حیثیتہٕ کام کٔرِتھ تمۍ ہنٛزن صلاحیژن پوچھر نوٚک۔ یہِ مُلازمتھ سٟدے یہِ تمۍ ہندِ خاطرٕ سو ہیرِ تہٕ ژاٹھ یمہٕ کِنۍ سُہ ہیوٚر ہیوٚر کھوٚت۔ ریڈیو ہس منٛزے کموٚو لون صابٕن اَدیبہٕ ہندٕ زِنگی پٔنُن ناو تہٕ اَتھ دوران یوٗ سہٕ خدمت تمۍ زبأنۍ تہٕ ادبس تہٕ کأشرِس ثقافتس کٔرِتمہٕ کُس اعتراف منٛز آو سُہ ۱۹۶۵ عیسوی یس منٛز ریاستی کلچرل اکادمی ہُنٛد ڈپٹی سیکریٹری مُقرر کرنہٕ۔ اکادمی منٛز روزِ لون صابٕنٛز شخصیتھ ہمیشہٕ توجہک مرکز تہٕ

[1] ماہنامہ تعمیر سرینگر جنوری فروری ۱۹۸۹ء

اَتہٕ یوٗسہٕ خدمَتھ تِمو انجام دِژ سو چھ گَنزرُنس لایق۔ امی اِدارٕ پیٹھہٕ گوٚو لوٗن صاحب ۱۹۸۱ عیسوی یَس منٛز مُلازمتہٕ نِشہٕ سُبکدوش۔

لوٗن صاحبُن کھاندر سَپُد ۱۹۴۹ عیسوی یَس منٛز مالیسمہٕ۔ آشنہٕ اوسُس ناوزآنہٕ یَس لون پانہٕ زینت لیکھان اوس۔ زینت آس اَکھ سادٕ تہٕ اَن پڑھ زنان مگر اَمی ہنٛدِ اَن پڑھ آسنُک پیوٚو نہٕ یِہنٛزِ ازدواجی زِندگی پیٹھ کانٛہہ اَثر۔ یوٚسہٕ بَڈٕ خوشگوار روٗز۔ امیُک اَکھ ثبوٗت چھُ یہ زِ لون صابَن کُر اَتھی دوران جان لیکھُن۔ تِمس اگر کانٛہہ کال دِلس آسہٕ ہیٚتھ آسہٕ ہیٚ صِرف یوٚہے زِ تِمس زاد نہٕ کانٛہہ نیچوٗ اَمایوٚز کوٗرِ رٕچھ تِمو نیٚچوِن ہنٛدی پاٹھی تہٕ یِہنٛزٕ اَسُس سُکھ ماے۔ لوٗن صابنہٕ پانٛژ وٕے کوٗرِ شمیمہٕ، تسنیمہٕ، ناہیدٕ، پروین تہٕ وقارالنساء چھِ پَرِ مٕژ لیٚچھمٕژ۔ یِمَن منٛز واجہ تِمو ژور کوٗرِ یِنہٕ حیاتی منٛزٕ نِکھ۔

علی محمد لون اوس خوبصوٗرت تہٕ صحت مَنٛد۔ قدا اوسُس تھوٚد۔ بُتھ اوسُس بوٚرُتھ، ڈیکہٕ بوٚڈ تہٕ نَستہٕ تھوٚد۔ ہمیشہٕ اوس کلین شیو کرِتھ آسان۔ مَس اوس ژھوٚٹ تھاوان مگر اوسُس بڈٕ چمکدار۔ اَچھ آسُس بَجہٕ بَجہٕ تہٕ سَرنہٕ۔ موتی لال ساقی چھُ تِمہٕ ہنٛدِس حُلیَس مُتعلق لیکھان:

" تِمہٕ (لون) ہنٛزَن اَچھَن ہُنٛد سَرنیر اوس نہٕ سمَندرکہٕ سَرنیرہٕ کھوتہٕ کم۔ تہٕ یِتھِس سمندرس منٛز غوطہٕ دِنہٕ سِتی چھ موٚہلِلی لال بَرِنہٕ اَکھ لازمی کتھا۔ بُتھِس پیٹھ اوسُس سکوٗن تہٕ تسلا یِتھُ اَثر کرِوُن زِ وُچھَن وٲلی آسی روٗزِتھ گژھان۔"[1]

لون اوس خوش لباس۔ سوٗٹ لاگُن اوس پَسند کران۔ یٚیمہٕ سِتی تِمہٕ ہنٛز شخصیتٕ ہنٛز خوبصوٗرتی ہُرہٕ ہُر اوس گژھان۔ ہاوباو اوسُس نہٕ کیٛنٛہہ۔ کھینہٕ چِنٛگُن اوس شوقین۔

[1] ماہنامہ تعمیر سرینگر جنوری فروری ۱۹۸۹ء

پَننک ہنا زیادٕے پیٚہن ۔ اکثر اوٚس اَتھس منٛز سگریٹ آسان ۔۔ یتھ سٕہ چِلمہِ ہندی پاٹھی دام اوس دِوان ۔ تمہٕ ہنز شخصیتھ آس ساد مگر وضع دار، خوددآری، خود اعتمادی، حق بینی تہٕ قوتِ عمل آسی اَمہِ شخصیژِ ہندی خاص وصف ۔ نظمہِ ضبطک اوس پابند ۔ گرِ بیٚہتھ دفترس تام آیہ تمِس واریاہ مُشکلات ۔ واریاہ ژوٚک موٚدر وچھن اَما پوٚز حوصلہِ سان کوٚرن زمانک تہٕ زندگی ہنٛد مُقابلہ ۔ خوددآری تہٕ حق پسندی ترآون نہٕ ژہنہہ ۔ کانسہِ برونٛہہ کٔرنہٕ کوٚرن نہٕ سرخم، خوشامدک تہٕ چاپلوٗسی ہُنٛد اوس نہٕ سوال ۔ یٔمنہِ اَمہِ وَرتاوٕ کٔنی ہیوٚو تمِس مُلازمتہ کِنی آخری مرحلن بیٚہتھ کرٕ پھیر تہٕ تُلُن، قصوٗر اوٚس یی زِ سہٕ اوس عام لوٗکن ستی ستی حُکمرانَن تہٕ لیڈرن پژکتھ وَنان تہٕ کاسہ لیس بَنُن اوٚس مِزازَس خلاف ۔

لون صاب اوس دوستَن ہنٛزن محفلن منٛز جان بول بوش کران مگر مِزازٕ ژٕنگی اوس کم گفتار ۔ ضروٗرژ وِزی اوس کتھ کران تہٕ باسان اوس زِ سہٕ چھ یٔمنہٕ خاطرٕ خاموشی ہنٛدی ژہسہ ژھاران یمَن منٛز سہٕ کُنہِ افسانک یا کُنہِ ڈرامہک پلاٹ سوچھِ ۔ غوصہ اوٚس کم کھسان مگر یٔیلہِ کھسہٕ ہس تٔیلہِ اوس خود ہیٚے حافظ ۔ ساقی صاب چھ یٔمنہِ مضموٗنس منٛز لیکھان:

"یٔیلہِ سہٕ جلاسس منٛز یتھ مے فٹ وَنان اوس ساریے مجلس آس دَم پھٹی گژھان تہٕ یوٚدوٕے زیادٕے پیٚہن شرارتھ کھسہٕ ہس تٔیلہِ اوس کاشُر ترآوتھ اردوہس منٛز کرِ کہہ دِوان ۔ لون صابنہِ شخصیتک یہ رنگ تہٕ اوس نہٕ کم جاذبِ نظر تہٕ سحر آفرین ۔"[۱]

---

[۱] ماہنامہ تعمیر سرینگر جنوری فروری ۱۹۸۹ء

علی محمد لون اوس دوست نواز تہٕ ملنسار۔ تمۍ ہنٛدۍن دوستن ہُند حلقہٕ اوس واریاہ بوٚڈ یتھ مَنٛز پرٛیتھ طبقکۍ تہٕ پرٛیتھ فرقکۍ لُکھ شآمِل آسی۔ ہردے کول بھارتی ہُنٛد وَنُن چھُ زِ ادیبو، ڈاکٹرو، انجینیرو تہٕ پروفیسرو علاوٕ آسی تمُس ٹیکسی ڈرایوَرن، ناوِہآنزَن تہٕ میونسپلٹی مَنٛز کآم کرن والین سٟتۍ تہِ دوستانہٕ تعلقات۔ اُدیبن تہٕ شاعرَن ہُندِس صوحبتَس مَنٛز روزُن کِنۍ اوس سُہ پَنٕنہِ شخصیتُک ہُند منفرد رَکھ رکھاو کِنۍ مقبوٗل۔ اکثر دوستَن سٟتۍ آسِس گہرِ تعلقات۔ کیٚنٛہہ آسی تِم یِمَن صرف سرینگرکِس کافی ہاوسَس مَنٛزے یوت میلان اوس۔ تمۍ ہٕنٛدۍن کینٛژن ہمعصرن آس شکایت زِ لون چھُ دوہٕ دوہٕ بدلیوٚمُت تہٕ سُہ چھُنہٕ برٛونٛٹھم پٲٹھۍ دوستَن سٟتۍ پُرتپاک پٲٹھۍ میلان۔ پزِر چھُ یہِ زِ ذِمہٕ دآرِ یَن سٟتۍ سٟتۍ چھُ رُوی یَس مَنٛز تہٕ تبدیلی یِوان تہٕ یہِ تبدیلی چھِ کینٛژن غلط فہمی ہُنٛد شکار بناوِتھ یہِ باس دِوان زِ فلآنۍ نفرس چھُ خلوصَس مَنٛز کمی آمٕژ۔ یہِ کتھ ہیٚکوٚنہٕ علی محمد لون صآبَس مُتعلق وَنِتھ تِکیازِ سُہ اوس اَکھ مُخلص تہٕ پَنٕنہِ ذہنی میلانہٕ کِنۍ اوس انسان دوست۔ اَما پوٚز راتَس دوہ ہہ وَنُن تہٕ دوہ ہَس راتھ اوس نہٕ تمۍ ہیٚچھ مُتٕے۔ سُہ اوس بُتھِس پیٹھ پزِر وَنان تہٕ یتھ پٲٹھۍ تمہِ اِخلآقی جُرتُک مُظآہرٕ کران یُس اَزۍ کِس ریاکار زمانَس مَنٛز خال خالے درینٛٹھۍ یِوان چھُ۔ اَمی کِنۍ اوس کینٛژن گمانہٕ زِ علی محمد لون چھُ بُتھۍ کھاو۔ مگر تمۍ ہٕنٛدۍ دوست چھِ اَز تہِ تمۍ ہٕنٛزِ دوستی ہُنٛد بھیران۔ رُوی یَس مَنٛز تبدیلی ہُنٛد یہِ گمانہٕ اوس تمۍ ہٕنٛدۍن رِشتہٕ دارَن تہِ گینوٚمُت۔ لون اوس نہٕ کوٗشِشہ باوجوٗد پَنٕنۍن رِشتہٕ دارَن کُن کانٛہہ خصوٗصی توَجہ دِتھ ہیٚکان۔ کینٛژھا پَنٕنہِ آدرہِ کِنۍ یُس دفتری کامہِ تہٕ ادبی شوٗغلہٕ رٲنٛگۍ تمِس اوس تہٕ کینٛژھا اَمہِ سببہٕ زِ سُہ اوس سارِنٕے اَنٛگ آشناو زانان۔ صوفی غلام محمد ہُنٛد وَنُن چھُ زِ لون صآبنۍ رِشتہٕ دار آسی مےٚ لون صآبَس متعلق

پرژھان تہٕ تنکا یتھ کران زِ تمیٚ سُند ملاقات چھُ وۄنی ریڈیو پروگرامن ہُندِ ذٔریعہٕ سپدِتھ ہیکان۔ یہ چھُ پزر زِ ۱۹۷۱ عیسوی یَس منٛز اوس لون صاٖب درۄ گجنہٕ پیٹھٕ اندرا نگرِ نوٚس مکانَس منٛز بسنہٕ ژامُت لہذا اوس نہٕ ہیکان آور ہر کُنی پننہٕ نن بایَن تام تہٕ زیادٕ ٹھمکھتھ۔ اَما پوز یمیٚ اَنگ آشناو آسی تَنتھ توٚ بوٗتس نکھ دِتھ وَدان تہٕ رِوان یتھ منٛز لون صاٖب پَننہٕ لِس آخری سَفرس پیٹھٕ دراو۔

علی محمد لون گوٚ وأکوٗ ہمہٕ[۲۱] دسمبر ۱۹۸۷ عیسوی (مطابق ۲۹، ربیع الثانی ۱۴۰۸ھ) ژٔندرو ارِ رحمتِ حق۔ شام وقتن اوس اَکِس آٹو رکھشس منٛز گرٕکن یوان زِ تمِس آو اَکھ حادثہٕ پیش۔ گرٕس نزدیکہٕ آو آٹو رکھشہٕ اَکِس ٹیلی فون کوٚلس سیتی ٹھاسنہٕ۔ لون صاٖبَس آو کلَس شدید زخم۔ ہسپتال وَتنس پیٹھٕ نہٕ واتہٕ کِنی گوس واریاہ خوٗن ضایہٕ تہٕ اُتی دِژتُن اَمانتھ۔ یہ درۄکھ لَد خبر بوٗزِتھ گوٚ وۄکن ژٔس۔ اَدبی حلقن منٛز اوس لون صاٖبُن مَرُن افسوس ناک آسی تھِے، عام لوٗکن ہُندِ خاطرٕ تہٕ آس یہ خبر دل دوز تہٕ جگر سوز تکیاز لون اوس ریڈیو، سٹیج تہٕ ٹیلی وِژنہٕ کہٕ مدتہٕ سیتی وۄنی دوٗر دوٗر تام پیٹھٕ ننو ڈراماہو کِنی ویوٚد۔ وۄہتھ روٗز پکان، ویتال پچیسی، لالہٕ جوا ینڈ سنز تہٕ میانہٕ جگرکہٕ دادِ ووٚتھ" ہوی ڈراما بوزن والین ہُند اَکھ ہمدرد کاشُر تہٕ عام لوٗکن ہُند اَکھ ژٔکی دَر گزریوٚو۔ لون صاٖب آو درۄ گجنہٕ پَننہٕ نس آبائی قبرستانس منٛز دفن کرنہٕ۔ مختلف ادبی کیوٚ ثقافتی اَنجمنو کٔری تمیٚ سُندِس مَرنس پیٹھٕ خصوصی جَلسہٕ۔ ریڈیو پیٹھٕ سپدی خصوصی پروگرام نشر۔ غلام نبی گوہر صاٖبن لیوٚکھ تمیٚ سُند تارِیخِ وفات یتھ قطعس منٛز ؎

محترا اوٚوتھ کاشرِس ادبَس تہٕ دَم چھُ ٹھٔشتھ جہت
پار ترا اوتھ پار زوٗل شہرس تہٕ ووٚتھ آدی قحط

بس یُتھے غم گوہرا کر سالِ ماتم وونی بیان

"ھوٗ" جمع کٔرِی زٕلس ہتہ وٕنی زٕلس" لون عٔلیس مغفرت" [۱]

۱۹۷۶

(۱۹۸۷)

فارسی پأٹھی لیوٗکھ پروفیسر مولوی محمد اِبراہیم صأبن قطعہ تاریخِ وفات یتھ کٕنۍ۔

ادیبِ قوم وچشم ملکِ کشمیر　　کہ نامش بُد علی و بُد محمد

بہ لونِ خود خدایش رنگ دادہ　　ازان نامش شدہ لونِ مخلّد

ازین دنیا سوئے دارالبقا شد　　گرفتہ زین جہانرا رنجِ بے حد

ہزار و چار از ہشت ہجری　　شدہ این سانحہ برما مُشدّد

دوشنبہ بست و نہُ ماہِ ربیع دوم　　برفتہ ناگہاں دَر کنجِ مرقد

خدا رحمت کند برحال مرحوم　　دعا شد بر زبانم این مجدّد

بحرفِ غین و تاؤ، حرفِ حاجو

زِ ابراہیم این تاریخِ ابجد

غ = ۱۰۰۰، ت = ۴۰۰　ح = ۸　(۱۴۰۸ھ) [۱]

---

[۱] فن کار سرینگر۔ جنوری ۱۹۸۸ء

[۲] ایضاً

# اَدبی سَفر

وُہم صُدی سپز تمام عالمہٕ خاطر عموماً تہٕ غار ترقی یافتہٕ مُلکن ہِندِ خاطر خصوصاً اَکہٕ بجہٕ تبدیلی ہُنٛد باعث تِکیازِ یہٕ صُدی روٗز گوڈٕ پیٹھے ذہنی، فِکری تہٕ سیٲسی اِنقلابن ہِہاہ دِوان۔ یٮ۪ہِمہٕ صُدی ہِندِ ہن گوڈنکہن ترٛہن دہلین مَنٛز لٔب آزادی ہٕنٛزِ تحریکہٕ گوڈ رٕچہِ پھیرِ بٔڈ تیزی۔ اَتھ پتہٕ کیٚنہٕ اوس شہ انقلاب کینژہا شعوری طور تہٕ کینژہا غار محسوس پأٹھی کأم کران یُس روٗسس منٛز ۱۹۱۷ عیسوی یُس مَنٛز برپا اوس سُپد مُت۔ پرٛیتھ پسماندٕ سماجکی دأنشور تہٕ تخلیق کار گیہٕ اَتھ تحریکہٕ نِجاتُچ وَتھ زانان۔ برٛصغیرِکی سیٲسی لیڈرے یوت نہٕ بلکہٕ دأنشور، شاعر تہٕ ادیب تہٕ سُپدی اَمہٕ انقلابہٕ لِنٛشہٕ متأثر۔ سیاست دانو بیٚیتہٕ پننہٕ سیٲسی جدوجہد سیتی ملک آزاد کرنٕچ تحریک چلاو تتہٕ کٔر شاعرو، افسانہٕ نِگارو تہٕ باقے تخلیق کارو تہٕ انگریز سامراجس خلاف پننیو نَظمو تہٕ نثری نِگارشاتو سیتی بغاوتُچ عَلم بُلند۔ تکیاز سُرخ انقلابٕچ تحریک آس ہِنٛد خاطرِ خاص کشش تھاوان۔

کٔشیر آس نہٕ براہِ راست انگریز سامراجُس تحت بلکہٕ آسی انگریزیٚن ہٕنز بلواسطہٕ حکوٗمت کران۔ ڈوگرٕ آسی انگریزن ہٕندی آلے کار تہٕ کٔشیر آس تِمن ہٕنزِ شخصی حکوٗمژ تابع بناونہٕ آمٕژ۔ استحصالٕچ تہٕ ظلم و جبرٕچ آماجگاہ بناونہٕ آمٕژ۔ کٔشیرِ ہٕندۍ کینہہ باثروت گرٕو مَنٛزٕ ییٚم کینہہ طالبِ علم پنجاب تہٕ علی گڑھ یونیورسٹی پٮ۪ٹھ ڈگری کٔرِتھ واپس آمٕتۍ آسی تِمو آس پننیٚن سیاسی تہٕ اقتصادی بدحالی ہِنٛد تہٕ سانٛزٕ پننہٕ مٕژ تہٕ تِمن تہٕ اوس برِصغیرٕکین دۄیمین بٔڑۍ متٕن نیکھۍ متٕن ہٕندی پٲٹھۍ سماج وادی نظام انسانہٕ سٕنٛدِ فلاح تہٕ بہبوٗدُک کُنہٕ نظریہٕ محسوس سپدمُت۔ نتیجہٕ درا وۍ زِ تِمو کٔر ڈوگرٕ راجُس خلاف تِتھے پٲٹھۍ جدوجہد شروع یِتھ پٲٹھۍ ملکہٕ چین دۄیمین جاین یِتھی وِسے لفرٕ و تحریک شروع گٔرمٕژ آس۔ چنانچہٕ ڈوگرٕ راجکیو پنٛجو تلہٕ کٔشیر آزاد کرنہٕ خاطرٕ یوٚس تحریک آخرس "کشمیر چھوڑ دو" کِس ناوس تحت چلاونہٕ آیہٕ سۄ سپٕز بار آور تہٕ ثابت کٔشیرِ مَنٛز سپٕز غار شخصی حکوٗمت قایِم۔

اُدیبَن تہٕ شاعرن ہٕنٛز نوٗپٕے یوٚس اَمہٕ تحریکہٕ ہٕنٛدۍ نشیب و فرازو مَنٛزٕ گزرٕے پہٕ سۄ بنے یہٕ نوٕ حکوٗمژ ہٕندین سیاسی تہٕ ثقافتی پروگرامَن ہٕنٛز ترجمان تہٕ آیڈیولاگ۔ یِہنٛزن تخلیقن تہٕ تحریرن مَنٛز اوس انسان سٕنٛدین ذاتی تہٕ نفسیاتی وارداتَن بجایہٕ ییٚتہٕ کین سماجی کیو اقتصادی مَسلن دَل دِنہٕ یوان تہٕ یِتھ پٲٹھۍ آس شاعرن تہٕ اُدیبن نِش فردس مُقابلہٕ جماعت یا عوام زیادٕ اَہم۔ مہجوٗرُن (پیامِ مہجور) تہٕ آزادُن اکثر کلامہٕ چھُ اَمہٕ کتھہٕ ہٕنٛز شہادت دِوان زِ اَتھ خاص دورس مَنٛز سپٕز کاشُر زبان کٔشیرِ ہٕنٛز سیاسی تحریک چلاونہٕ خاطرٕ کارآمد ذٔری یہٕ ثابت تہٕ یِتھے پٲٹھۍ آس ییٚتہٕ کِس اردو، شعر و اَدبُک مَنٛز تہٕ ییٚتہٕ چہٕ سیاسی تہٕ سماجی زندگی ہٕنٛز ترجمانی کرنہٕ یوان۔ کٔشیرِ مَنٛز آس اُردو زبان اَمہٕ وَقتہٕ کاشرِس مُقابلہٕ تخلیقی اظہارکِس سۄتھرِس پٮ۪ٹھ

زیادٕ مقبول تہٕ افسانہٕ لگٲری ہُنٛد آغاز سپُد یتہٕ اردو زبٲنۍ منٛزٕ ۔ پریم ناتھ پردیسی
تہٕ پریم ناتھ در اٲسۍ تِم ژٕ افسانہٕ لگار یِم بالہٕ اَپارٕ تہٕ برصغیر کِہن اَدبی حلقَن منٛز زانہٕ
تہٕ مانہٕ آسۍ یوان ۔ یِمنے دون خاص افسانہٕ لگارن ہنٛزن سرگرمی یَن ہُنٛد نتیجہ دراد
زِ کٲشِر منٛز گیہٕ افسانہٕ لگٲری مقبول تہٕ کیہنہٕ ووٚتھ ہِدِ نوجوان گیہٕ یِمن نِش یَیدٕ سیوٚد
متاثر ہٕ تہٕ مستفید ہٕ تہٕ لگۍ افسانہٕ لیکھنہٕ ۔ یہنٛدی ہے ہیٚرِ بحث تل یِنۍ کٲشِر ہِنٛدلو نوٚلو ادیو
تہٕ شاعرو ادبی سرگرمی یَن منٛز شدومدٕ سان حصہٕ ۔ ادبی محفلن ہُنٛد آد منٛز کرنہٕ ۔ گرن
منٛز کالجن منٛز تہٕ دوٚیمین جایَن یِمہٕ ادبی نشستہٕ سپدان آسہٕ تِمَن منٛز آسۍ افسانہٕ
کیوٚشار پرنہٕ یوان تہٕ یِمَن پیٹھ اوس بحث تہٕ سپدان ۔ یہ کتھ چھ وَننۍ لایق زِ
کٲشِر منٛز روزٕ ادبی لحاظٕ یہ دور بڈٕ زرخیز تہٕ امہٕ دورِک شاعر تہٕ ادیب چھ اَز تام
کٲشُر کیوٚ کٲشِر ہِنٛد اردو ادبُک نمایندٕ تہٕ تھکنۍ لایق ناو زانہٕ یوان ۔ پریم ناتھ پردیسی،
پریم ناتھ در، دینا ناتھ نادم، رحمٰن راہی، امین کامل، اختر محی الدین تہٕ یِتھۍ ہیوٚی
اَدیب تہٕ شاعر، تہٕ سیتۍ تِم یمو سیٹھاہ کم لیوٚکھ مگر امہٕ دورٕ کِس ادبی منظر
نامَس دِیتکھ اَکھ بوٚڈ عنوان، آسۍ دراصل اَکِس نظریس سیتۍ تعلق تھاوان یمہٕ کِنۍ
یِمَن اَکھ مشترکہٕ پلیٹ فارم دستیاب اوس ۔ اَسہٕ چھ معلوم زِ زیادٕ پہن ادبی کامہٕ
سپدے یہ ہمیشہ پلیٹ فارم مو ہیا آسنہٕ سبَبہٕ ۔ یِمَن اُدیبن تہٕ شاعرن اوس اَکھ
نظریاتی میٚل تہٕ، تِمہٕ وقتکہٕ سیاسی تہٕ سماجی فضاکۍ جماژ یا جماژن ہُنٛد ڈوٚکھ تہٕ تہٕ
اَکہٕ منٛز لگ نیب تہٕ یِتھ کُن تِم سرگرم سفر آسۍ ۔ یوٚہے وجہ چھ زِ یہ دور بنیوٚو
وارِیاہو فنی خٲمی یوٚ باوجوٗد جدید کٲشر ادبُک سنگ میل ۔ یہ اوس اَکھ تشکیلی
دورٕ تہٕ اَتھ منٛز لوٚسہٕ کھیٚلی ذہنیتھ نمایان آس سو ہکہٕ وٕنِ کِنِس ادبہٕ کِس آزادانہٕ
وُسیحارس تہٕ ووٚتھ واشرس کرِ نوٚ نقصان دیہہٕ قرار دِنہٕ ییتھ مگر ادبس منٛز چھ ہمیشہٕ

جۆمۆدُک نۍتشَر تحریکن ہِنٛدِ ترٛزٕ رَستی وٕلِنگیومٕت۔ یہٕ تحریکہٕ چھُ ہمیشہٕ جماعتی اَدبُک
پوچھر دِوان۔ اردوہس مَنٛز چھِہ علی گڑھ تحریک تہٕ ترقی پَسند تحریک اَمیُک ٹاکارٕ
ثبوت۔ یہ چھُ یِمنٕے تحریکن ہُنٛد دٟیت زِ اردو اَدبَس مَنٛز گَیہٕ نۆو شعری تہٕ نَثری صَنفہٕ
متعاَرِف تہٕ شعر و اَدبہٕ کُس سَرمایَس گوٚو ہُرٕ بَر۔

یٟتِتھ چھےٚ یہ کتھ قابلِ ذکر زِ مذکورٕ دورس مَنٛز اوس کٔشیرِ مَنٛز افسانہٕ لیکھنُک
رُجحان ہَنا زیادٕ دِیے یہن۔ شاید اَمہ کِنہٕ زِ یٟتہٕ اوس اَمہ وَقتہٕ ترقی پَسند تحریکہٕ ہُنٛد
غلغلہ یِتھ تحت اردوہس مَنٛز تہٕ افسانہٕ لِگاری بٔڈٕ زورٕ شورٕ سان وَتھ بوٚمیوٚل تہٕ یہ
بنیٚ یہ اَمہ تحریکہٕ ہِنٛدین اصولن ہُنٛد اکھ نمایندٕ ذٔریعہ اظہار۔ پَردیسی اوس ۱۹۲۲ عیسوی
پیٹھٕ اردوہس مَنٛز افسانہٕ لیکھان تہٕ کٔشیرِ ہِنٛدِس پوٚت منظرس منٛز سماجی تہٕ سیاسی
زندگی ہِنٛز عکاسی کران۔ ترقی پَسند تحریکہٕ ہِنٛدِس اثرس تَل ترٛیوٚن شاید یٟتہٕ کیو اَدیبو
زِ سماجی حقیقت نِگاری ہِنٛدِ خاطرٕ چھُ شاعری ہُنٛد وٚسیلہ تنگ لہذا ہیوٚت تِمو
اَفسانچہٕ صَنفہٕ کُن توجہ دِیُن۔ اَمہ علاوٕ چھِہ اختر محی الدین صابنٕ یہ کتھ تہٕ اَہم زِ کٔشیرِ مَنٛز
گوٚو افسانہٕ لِگاری ہُنٛد آغاز کٔشیرِ متعلق لیکھن والین غار کشمیری افسانہٕ نِگارَن ہِنٛدِس
غیر حقیقی، تخیلی تہٕ لذت پَسند رُوِیَس خلاف رَدِ عملہٕ کِس صورتس مَنٛز۔ کاشرہ بو افسانہٕ
نِگارو ہیوٚتر یٟتہٕ کہ سماجِچ اَصل صورت وُنی یِہَس برونہہ کُنہٕ تھاوِنی تاکہ کرشن چندرَن
گُڑھِ معلوم زِ کاشُر سماج گوٚو نہٕ بال، مرگہٕ تہٕ خوبصورت زنانے یوت بَلکہ چھُ یِتھ
مَنٛز تِم سارے قباحتہٕ موجود یِم ہِندوستٲنی سماجَس مَنٛز میلان چھِہ"[۱] اردوہس مَنٛز
یِنہٕ آیہ اَفسانُک شوہرٕ اوس تہٕ عالمی خصوصاً یورپی اَدبَس مَنٛز یِتھ پاٹھی یہ صَنف اکھ
نمایندٕ صَنف بنیٚ ہمٕ آسس تمہ کِنی اوس نہٕ یہ ممکن زِ کاشُر اَدیب کیاہ دِ یہ نہٕ

[۱] اختر محی الدین

اَتھ کُن توجہ ۔ وٕہ ٹی گو پزر چھ یہ زِ کٔشیرِ منز گزور افسانہٕ لِگاری اَکھ بوڈ دور ترقی پسند تحریکہِ ہندِس اَثرس تَلے ۔ پریمی 'دَرِ بہ سوم ناتھ زتشی ہندین اَفسانن وُچھتھ ہیوت یٔیتہٕ نو لو اُدیبو اردو ہس منز افسانہٕ لیکھُن ۔ تیغ بہادر بھان، اختر محی الدین، صوفی غلام محمد بیترِ اُدیبو لیکھی گوڈٕ گوڈٕ اردو ہس منزٕ اَفسانہٕ ۔ یہ سرگرمی روز ، ۴۷ عیسوی پتہٕ تہٕ شبن ستن ؤری ین بہ اَمیُک ثبوت چھُ اختر محی الدینُن " پونڈریچ " افسانہٕ یُس ۱۹۵۴ عیسوی لیٔس منزٕ عالمی افسانہٕ مقابلس منز اردو ہک دٔویُم بہترین افسانہٕ قرار دِنہٕ آو ۔

اَمہِ پتہٕ گو کٲشرس منز افسانہٕ لیکھنُک آغاز ۔ یہ لسٲنی شفٹ آسا تخلیقی ضرورت کینہٕ نہٕ مگر یہ کتھ چھ پزٕ زِ اَمیُک اَکھ بوڈ بہٕ اہم وجہ اوس تحریکہٕ ہنزٕن نظریاتی بنیادٕن سٟتی تعلق تھاوان ۔ تحریکہِ ہندین نظریاتن ہنزِ تشہیر باپتھ اوس یہ ضروری زِ پرِ یتھ کانہہ کتھ گژھ عوام الناس تام سیدِ سیوٚد واتُن ۔ ترسیلکہِ اَمی غرضہٕ خاطرٕ آیہِ ماجہ زِ یو اِظہارُک مناسب تہٕ کارگر وسیلہٕ مانہٕ ۔ تہٕ یتھ پاٹھی پھیرٕ کینہہ تِم اُدیب کٲشرس کُن یمو پننہِ اَدبی سفرُک آغاز اردو ہس منزٕ بحیثیتِ افسانہٕ لِگار کوٚرمُت اوس ۔ اَمہِ برونٹہہ چھُنہٕ کٲشرس منزٕ کینژٕ وا الغائے نثری نومونو علاوٕ کُنہٕ خاص تہٕ ضابطہٕ بند نثری رِوایژٕ ہندٕ نیب میلان ۔ پزر چھُ یہ زِ کٲشرِ نثرُک باقاعدٕ آغاز سپد یوٚو افسانہٕ لِگاری سٟتی ۔ سوم ناتھ زتشی تہٕ دینا ناتھ نادِمس پتہٕ دیت اَتھ صنفہٕ کُن خاطرٕ خواہ توجہ اختر محی الدین ، نور محمد روشن، صوفی غلام محمد، عزیز ہارون، این کامل بیترِ افسانہٕ لِگارو ۔ یمو منزٕ ہیوٚت کینژو افسانہٕ لِگاری نِشہٕ لوٚب ہٕکیاز یِم ہیکی نہٕ شایدٕ پننی سیاسی آدرش فنہٕ نِشہٕ الگ کٔرتھ ۔ زتشی ، نادم ، روشن تہٕ ہارون چھِ یتھی وِیپ پٔش رووٚ منزٕ

یوٚہے اوس سُہ اَدبی، سماجی تہٕ فِکری ماحول یتھ منٛز علی محمد لون سٕندِ تخلیقی تہٕ فِکری شعور پرٛے تھیٚووو تہٕ پھانپھلیوٚو۔ علی محمد لون روٗد کالجکہِ زمانہٕ پیٹھے لیکھان۔ یُمہِ وَقتہٕ چھِن اَدبی محفلن منٛز شرکت کران تہٕ تَمہِ وَقتکہِ خاص ادبی تہٕ فکری رجحانہٕ سِتی متاثر سپدان۔ راہی، نادم، اختر تہٕ کامل ہِوی اَدیب تہٕ شاعر یتھ اَدبی فضہس ترقی پسند تحریکہِ ہِندِس اَثرس تحت تشکیل دِوان آسی، لوٚن روٗد گوڈٕ پیٹھے تتھ ماحولس سِتی سِتی، تہٕ تمی منٛز سوٚمبرٕن ترأیہ تہٕ ترٛے نَن طرزن لٔب اَتھی منٛز تربیت۔

لوٚن صاحبن کوٚر یُمہِ اَدبی سفرک باقاعدٕ آغاز اردوہس منٛز افسانہٕ لیکھنہٕ سِتی۔ یہ چھُ سُہ زمانہٕ ییٚلہِ کٲشرِ منٛز اردو لیکھن والین ہُنٛد تعداد جان اوس۔ اِبتدٲیی کوٗششو پتہٕ گوٚو لوٚن صاحب یُمہِ اُردو افسانہٕ "گھر سے کالج تک" ذٔری یہ پٔرن والین منٛز متعارف۔ یہ افسانہٕ چھپیوٚو ۱۹۴۶ عیسوی یَس منٛز جوٚمہِ کِس "پریم" رسالس منٛز تہٕ امہِ سِتی بڑیوٚو تمِس لیکھنُک حوصلہ۔ اردو پتہٕ ہیوٚت تمیٚ کٲشرِس منٛز تہٕ لیکھُن۔ کلچرل کانفرنسہِ کِس اَکِس جلسَس منٛز پوٚرُن ۱۹۵۵ عیسوی یَس منٛز یُمن گوڈنیک کٲشُر افسانہٕ "یم لوٗکھ یہ محلہٕ"۔ یہ افسانہٕ پٔرتھ چھُ باسان زِ لون اوس تہٕ اردو افسانہٕ کہِ اَثرٕ تلہٕ پوٗرٕ پأٹھی مُچھرِ سپدمُت۔ کٲشرِ نثرِچ رِوایت تہٕ آس نہٕ آسنس برابر تہٕ اخترمحی الدین، دینا ناتھ نادِم تہٕ امین کامل آسی کاشرس منٛز لیکھتھ ووٚدی ووٚدی نثرِچ باقاعدٕ بُنیاد تراوان۔ اردو کیٚو کٲشرس منٛز سٔپنیرِ تہٕ لون سٕنٛز افسانہٕ سوٚمبرٕن شایع یوٚدوے تمیٚ یمن دوٚن زبانن منٛز پتیاہ افسانہٕ لیکھی زِ کم از کم زٕ سوٚمبرہٕ ہیکہِ ہٕن بارسس یتھ۔ لون ہٕنٛدی اردو افسانہٕ سپدی آج کل، شیرازہ، تعمیر، شاہراہ، پگڈنڈی، راہی، محور تہٕ بیسویں صدی ہِوین رِسالن منٛز شایع۔

اَفسانو علاوٕ لیچھ لون صاحبن زٕ ناوِلہ تہٕ۔ یمو منٛز چھِ اکھ اردوہس منٛز "شاہد ہے

تیری آرزو" ناوِ۔ سُہ اوس تمن گوڈنکین ترٛیٚن کاشرٕ ین ناول نگارن منٛز شمار یموٚ یتہٕ
اَمہِ صنفہِ ہُند آغاز کوٚر "اُسی تہٕ چھہِ اِنسان" چھُے کاشرِس مَنٛز ترٛے یِم ناول تہٕ ییتھ پاٹھۍ
چھُ لون صاب کاشرِ ناولہِ ہُندِ آغازٕ کہِ حوالہٕ تہٕ اہمیت تھاوان۔

علی محمد لون سُند بٔڈ یادی تہٕ سارِوٕے کھوٚتہٕ بوٚڈ ماداں چھُ ڈراما۔ تمۍ لیٖکھۍ اَکہٕ
ہَلہٕ ڈنہ ڈ ہَتھ ڈراما یمَن مَنٛز زیادٕ تر ریڈیو ڈراماتٕ شامِل چھہِ۔ یِہُنٛد تعداد چھُ تقریباً
ہَتھ شَتھ، یِم ریڈیو کشمیر سرینگرٕ پیٹھٕ وِزٕ وِزٕ تہٕ باقٕے پھِری پھِری نشرِ سپدان روٗدی۔
کینٛژن ڈرامہَن سَپدٕ دوٚیمین زبانَن مَنٛز ترجمہٕ تہٕ۔ لون صابٕنۍ کیٚنہہ ڈراما چھہِ
دوٚیمین زبانَن ہٕندیو ڈرامہو یا قصَو نِشہِ ماخوذ تہٕ کیٚنہہ چھہِ ترجمہٕ۔ کاشرِس سٹیج
تہٕ ریڈیو ڈرامہَس دوہہ بوَ دِلَس مَنٛز چھُ لون سُند تھَکُن لایق دیُت۔ کینٛژھا اَمہِ
کنہٕ زِ تمۍ لیٖکھۍ سارِنٕے ہٕندٕ کھوٚتہٕ زیادٕ ڈراما تہٕ کینٛژھا یمہِ موجوٗب زِ یِمَنو ڈرامہو
ذٔری یہٕ کٔر تمۍ کٔشیرِ ہنٛزِ سماجی تہٕ ثقافتی زندگی ہنٛز پزٕ پاٹھۍ ترجمانی تہٕ ییتھ پاٹھۍ
گٔرِن پانَس سٟتۍ سٟتۍ ڈراما صنف لوٗکَن مَنٛز مقبوٗل۔ "سِیا" ہیٚو تو آرکی ڈرامایو کھوٚ
یَتھ پیٹھٕ تمِس ساہتیہ اکادمی ایوارڈ میوٗل۔ کتھاسرت ساگرچین ڈیلیَن پیٹھٕ مبنی ڈراما
سیریٖل لیٚو کھوٚ یُس عوامی مقبوٗلیت کِس آسمانَس ووت۔ "دِہتھ روز لپکان" سیریٖلُک
اَکھ قسط لیٖکھتھ باوِن کاشرٕ ین ہٕندِ دوٚکھ تہٕ دادِچ ڈیٖلۍ تہٕ "لالہٕ جوائنڈ سَنٛز"
سِلسِلہٕ وار ڈرامہَس مَنٛز کوٚرُن کٔشیرِ ہٕندِ ین سماجی تہٕ طبقاتی اندرٕ ین ہُند اظہار۔
ہانٛزَن تہٕ ہاوس بوٹ والین ہنٛز زندگی ہنٛز ترجمانی تہٕ کٔرِن (جھیل بلا رہی ہے۔
گھروندے) تہٕ انسانی جذباتن تہٕ لولہٕ امارَن تہٕ دِژن زلو (میانہٕ جگرٕ کہِ دادِ دوہہ تھ)
کٔشیرِ مَنٛز اردو کیٚو کاشرِ ڈرامہٕ چہِ رلو ایژ لیُس اِستحکام علی محمد لون ہٕندی ڈسی نٔصیب
سپدیو وُسہ چھہ تمۍ ہنٛز تخلیقی شخصیژ نہٕ صرف گاٹژ اوان بلکہ تمہٕ کہِ تھزرچ شیٖشہِ تہٕ باوان۔

لوٚن صاٮ۪ب نِہٕنٛ اَدبی سرگرمیَن مَنٛز چھہٕ تمہِ ترجمہٕ تہٕ شامِل یِم تِمو ڈراما، ناول تہٕ کیٚنٛژَن شعری فنَہٕ پارَن کٔرِ متی چھہٕ۔ یِمَن مَنٛز چھُ گوگول سُنٛد ڈراما "انسپکٹر جنرل" ٹیگور سُنٛد "مکت دھارا" تہٕ میکسم گورکی سُنٛز ناول "ماں" خاص طور قابلِ ذِکر۔ کیٚنٛژَن کاشرِ ہِن لکھہٕ باتَن تہٕ نغمَن ہُنٛد اردو ترجمہٕ تہٕ کوٚرُن۔ "مکت دھارا" گوو ساہتیہ اکادمی طرفہٕ "ترٛے ناٹک" کتابہٕ مَنٛز ۱۹۶۲ عیسوی ہس مَنٛز شایع۔ اَتھ سوٚمبرنہٕ مَنٛز چھہٕ ٹیگور سٕنٛدِ بیٚیہِ زٕ ڈراما "ڈاک گھر" تہٕ رکت کربی (دوٚہ زٕ لہِ گلالہٕ) یِہٕنٛد کاشُر ترجمہٕ بالترتیب امین کامل تہٕ نور محمد روشن کوٚرمُت چھُ۔ رکت کربی تہٕ مکت دھارا چھہٕ ٹیگورنِ تِمہٕ زٕ ڈراما یِمَن مَنٛز تِمو موجودہ زمانکۍ سٕٹھاہ پیچیدہ مسلہٕ پیش کٔرۍ۔ اوٚتام اوس ٹیگور سُنٛد موضوع اِنسانس تہٕ خدایس تہٕ اِنسانس تہٕ فطرتس درمیان رِشتہٕ۔ یِمَن دوٚن ڈرامہَن مَنٛز چھُ اَکھ نوٚو اِنسان نظرِ گژھان۔ اَکھ سماجی اِنسان ییٚمِس سماجی نظامس سٕتۍ مُقابلہ چھُ۔ لوٚن صاٮ۪بن چھہٕ پنٛنِس ترجمس مَنٛز زیادٕ آزادی ہیٚچمٕژ ورتاونہٕ۔ البتہ چھہٕ یہ آزادی گورکی سٕنٛزِ ناولہٕ ہنٛدِس ترجمس مَنٛز ریٚنٛٹھی یوان۔ گورکی سٕنٛزِ مشہور تہٕ یادگار ناولہٕ ہُنٛد کاشُر ترجمہٕ گوو ریاستی کلچرل اکادمی ہنٛدِ طرفہٕ عالمی ادب سلسلس تحت ۱۹۶۹ عیسوی ہس مَنٛز شایع۔ اَتھ ناولہٕ متعلق چھُ لینِن وَنان زِ یہ چھہٕ "اَکھ جان، سٕٹھاہ اہم تہٕ بَرٕ وَکھ کتاب"۔ ناولہٕ ہُنٛد ترجمہٕ چھُ ستن ہتن تہٕ سَدہَن (۱۷،) صفن پیٹھ مشتمل۔ ترجمہٕ کارن چھہٕ اَتھ مَنٛز زبانٕکۍ اعتبارٕ تہٕ محاورٕ کٕنۍ سہٕ کاشُر مزاج ورتوٚومُت ییٚمہٕ کِنۍ یہ رٕوسی پسِ منظرس مَنٛز لیچھمٕژ کاشرِس ناول نِگارٕ سٕنٛز طبع زاد تخلیق چھیٚنہٕ باسان۔ لوٚن اوس نہٕ رٕوسی زبان زانان لہٰذا آسہٕ تِمو ترجمہٕ کرنہٕ وِزِ اردو یا انگریزی ترجمہٕ زیرِ نظر تھوٚومُت۔ مگر اَمکۍ مکالمہٕ تہٕ اَمیُک بیانیہ چھُ بیٚتہٕ جان زِ یہ ہیٚکہِ ہے کینٛہہٕ آزادی یہ تہٕ رعایژ ورتاونہٕ سٕتۍ ممکن سپدِتھ۔ ترجمہٕ کارن چھہٕ ترجمہٕ کِس

آخرس پیٹھ میکسم گورکی ہندی ذاتی حالات تہٕ کارنامہٕ موخصر پٲٹھ نزٕل اندازس منز درج کٔرِتھ۔ اَتھ ترجمس پیٹھ میوٗل لون صابس سوویٹ لینڈ ایوارڈ تہٕ تَمہٕ پتہٕ روس گژھنک موقہٕ تہٕ۔ روسہٕ کہ سفرُک بیان کوٚر تِمو پنہٕ نِس سفرنامس منز یُس میک اکھ حصہٕ کلچرل اکیڈمی ہندِس سالنامہٕ "سون ادب" (۱۹۷۵) کِس خصوصی شمارس منز شایع سپُد۔ لون صابن یہٕ سفرنامہٕ چھُ تِمن لوکٹین موکٹین واقعین ہُند بیان یِم تِمو وَننہٕ لایق زانی ہتی چھِ تہٕ یِمو ذٔری یہٕ روس تہٕ روسی لُکن ہُند بجر درینٹھی چھُ یِوان۔ کُنہٕ کُنہٕ جایہٕ چھُن کٔشیرِ سیتی اَتھ مقابلہٕ کٔرِتھ پنہٕ نِن سماجی تہٕ سرکاری اِدارن پیٹھ طنز تہٕ کوٚرمت۔ مثلاً:

"پارکہِ نیبرِ مہٕ سٔڑکہِ پیٹھ اوس اکھ مکینک لوکٹ گاڑی ہیتھ سٔڑکہِ برمہٕ تاران۔ تِمو اوس برمہٕ سپُداہ۔ بون وولُت تہٕ ووہ نی آسہٕ ہے تمس کانٛہہ کنکشن یا کیبل ٹھیک کرنی۔ سانہٕ چھِ یژھن کامین ہندِ باپتھ کھیٚنجو کھیٚنجو موزوٗر تہٕ میکنک سوزنہٕ یِوان۔ یِم وُچھان وُچھان دُگاڑو تہٕ بیلو سیتی سٔڑکہِ ڈُبہٕ ڈاس نِوان چھِ کٔرِتھ۔"

**یا**

"........ بہٕ گوس ماران تہٕ سیتی پیو یِم پَنُنی باغ یاد۔ ییتہٕ آسہٕ لُکن نَعیب تھونہٕ موکھ "پھول توڑنا منع ہے" وتہٕ وُتہٕ چھُ اَدیزان بوان تھوٗن۔ (مگر ماسکوہس منز) ییتہٕ کانٛہہ کلاہ کوٚتاہ چھُ سہٕ چھُ محفوٗظ۔ سڑکن اندی اندی چھِ گُلی، ذٔری یاد بنِس سیتی چھِ گُلی جنگل، سٔڑکہِ منز تہٕ چھُ کُنہٕ کُنہٕ گُلی،

یَپاآری زَن لۄکَن ہِنٛز زبردس بہٕ بارٕے چھےٚ ۔ مگر مجال چھا
زِکٲنٛس واتِہ کانٛہہ دٕدارٕ۔"

علی محمد لون سٕندناو ییپہ ییمہٕ کتھ خاطرٕ تہٕ ہیٚنہ زِ تمیٚ لیٖچھی گوڈٕ بچہٕ کاشِر فیچر فلمہٕ (ماَنز راتھ) ہِنٛز کہانی، اَمیُک سکرین پلے تہٕ مکالمہ تہٕ ۔ اَمہٕ علاوٕ لیٖکھی تمیٚ ٹیلی وِجنہٕ خاطرٕ تہٕ کینٛہہ سِلسلہٕ وار ڈراما یِمَن مَنٛز "وَن راج" تہٕ "کوئی اور بولتا ہے" قابلِ ذکر چھِ۔ لون صاب نِس ادبی سرمایس مَنٛز چھِ تِم تنقیدی تہٕ تحقیقی مضمون تہٕ شامل یِمَن مَنٛز تمیٚ ادبہٕ کین مختلف گوشن پیٹھ بے باکی سان پَنٕنہٕ تنقیدی بصیرژ ہِنٛز روشنی ترآوِمٕژ چھےٚ۔ کاشُر ریڈیو ڈراما، بَچَن ہُنٛد ادب، لُکہٕ ادب، موسیقی، مصوری، فلم وَغارٕ چھِ یِمَن مضمونَن ہِنٛدی خاص موضوع یِم تمیٚ کاشرس یا اردوس مَنٛز لیٖکھی۔

علی محمد لون ہِسٕندِس ادبی سرمایس کُن وُچھتھ چھُ مانُن پیوان زِ سہٕ اوس پَنٕنہٕ ماجہٕ زیٖوِ علاوٕ انگریزی، اردو تہٕ ہِنٛدی زبانَن مَنٛز تہٕ پَنٕنہٕ نَن خیالاتن ہُنٛد بےٚ پھرٕوک اظہار کرتھ ہیکان۔ سہٕ رُوٗد کاشرِس سیٚتی سیٚتی اردوہَس مَنٛز تہٕ آخری دَمس تام لیٖکھان۔ مادری زبانی ہِنٛز اہمیت زانٕنہٕ تہٕ مانٕنہٕ باوجود دۄیمہٕ زبانی پَنٕنہٕ باوُژ ہِنٛدی وسیلہٕ بناونہٕ چھُ ییمہٕ کتھ ہُنٛد ثبوت زِ لون اوس تمہٕ لِسانی بٔنیاد پرستی تہٕ تعصبہٕ نِشہٕ بالاتر یوسہٕ اَزکل کینژن لۄکن ہِنٛزٕ خود غرضی تہٕ مفاد پرستی کِنۍ تِہُنٛد ایمان بَنے مٕژ چھےٚ۔ لون صابَن لیٚوکھ ہِنٛدی پاٹھی تہٕ، "سپا" ڈرامہُک ہِنٛدی ترجمہٕ تہٕ کورُن تہٕ بٕچَن ہِنٛدِ باپتھ کٔرن کشیرِ پیٹھ اَکھ لوکٕٹ موکٹ کتاب تہٕ تصنیف یوسہٕ ۱۹۶۲ عیسوی ٲس مَنٛز چھاپ سپٕز۔ سہٕ اوس اَکھ جان براڈکاسٹر ییمی ریڈیو کین مختلف پروگرامن مَنٛز پَنٕنہٕ تخلیقی تہٕ تحریری صلاحیتَن ہِنٛد بَرپوٗر مظاہر کوٚر۔ صحافت کِس شعبس مَنٛز تہٕ اوس تَمِس تجربہٕ [illegible] تِہنٛز ادبی تہٕ ثقافتی سرگرمین

مَنٛز پوٗر پوٗر شآمِل یِمہٕ اَمہٕ ادارکہٕ طرفہٕ سَپدان آسہٕ۔

یِتھہٕ پٲٹھۍ روٗد لون صاب ۱۹۴۶ عیسوی پیٹھہٕ پَننہٕ زندگی ہِندِس آخری دوہَس تام اَدبہٕ کِس مٲدانَس مَنٛز سرگرم تہٕ پَننہٕ نوٕ اَدبی کارناموٕ کِنۍ بناوُن کٲشرِس اَدبَس مَنٛز اَکھ نمایاں جاے۔ کٲشرِس اَدبَس مَنٛز کُس مَرتبہٕ چھُ لون صٲبَس، یہٕ ہیکوٚ اَسۍ تِمۍ سٕندِین فَن پارَن ہِنٛز تنقیدی سام ہیٚتھے پَزِ ہ پٲٹھۍ ژٕنِتھ۔ پَزر چھُ یہٕ زِ لون اوس پَننہٕ وَقتُک اَکھ مخلص، سیوٚد تہٕ وَیوٚد اَدیب یَمۍ کٲشِرِ ہِنٛزن تہذیبی تہٕ تمدنی رلوایژن تہٕ ریژن تہٕ سمٲجی تہٕ اِخلٲقی قدرَن سٟتۍ دِتھ کٲشرِین دِلَن مَنٛز جاے لَب۔ یِتھِس اَدیبَس اَگر ہے مختلف نظریاتَن ہِنٛز کھوٚٹ لٲگِتھ سمکھو مُمکِن چھُ کُنہٕ کُنہٕ جایہِ ماگرِتھ اَدبی نقاد مٲیوس تہٕ لون ما باسہٕ ہ اَکھ بوٚڈ فن کار۔ مگر یہٕ کتھ ہیکوٚ نہٕ مُشرأوِتھ زِ سیٹھاہے کم لوٗکن چھُ بہلہٕ پایہٕ فنکار آسنہٕ باوجوٗد سُہ مقام میلان یُس لون صٲبَس نصیب سپُد۔ پَزر چھُ یہٕ زِ تِمِس اوس کٲشرِ قومُک یِیٚتہٕ کِن لوٗکن ہِنٛز بَتہٕ واد وُریَن ہِنٛز مظلومیٚژر تہٕ یِیٚتہٕ چیٚن رلوایژن تہٕ قدرَن ہُنٛد بے پناہ احساس۔ اَمہٕ احساسٕچ یوٗسہٕ باوَتھ تِمۍ کٔرمہٕ کِس خمیرِس منٛز اوس تعمیرُک غالب پہلو ژھیٚپتھ لہٰذا چھُ لون صٲبُن مرتبہٕ متعین کرنَس دوران تِمن کتھن ہُنٛد خیال تھاوُن ضروری یِمَن تِمۍ سٕندِس ذہنی تہٕ اَدبی پوٚت منظرَس یا تِمۍ سٕندِس نظریس مَنٛز بُنیادی اہمیت چھیٚ۔

لون صٲبَس چھے کٲشرِ مَنٛز اَدبہٕ کِن تہٕ خاص کٔرتھ کٲشرِ نثرٕ کِن معمارَن مَنٛز اَکھ اہمیت یوٗسہٕ تِمِس یِیٚتہٕ کِس اَدبی توآریخس مَنٛز ہمیشہٕ خاطرٕ زِندٕ تھاوِ۔



# افسانہٕ تہٕ ناول

یہِ زن برۄنہہ وَننہٕ آو، علی محمد لون سٕنزٕ ادبی زندگی ہُنٛد آغاز سپُد افسانہٕ نِگٲری سِتی۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس سُہ اردوہَس منٛز افسانہٕ لیکھان تہٕ کینٛہہ کال پتہٕ پھیوٚر سُہ کٲشرِس کُن تہٕ۔ تمہِ ہٕنٛدی کینٛہہ کٲشرؠ افسانہٕ چھِ تمہِ ہٕنٛدؠن اردو اَفسانَن ہِندی ترجمہٕ مثلاً "مدن سٕرتہٕ منوش" (آگے کوئی نہ پیچھے) تہٕ "یم لُکھ یہِ محلہٕ" (چھینٹے اور انسان)۔ اَمہِ عَلاوٕ تہٕ چھُ کینٛہہ اَفسانہٕ یُتھ باسان زِ یم چھِ اردو پیٹھٕ کٲشرِس یا کٲشرِ پیٹھٕ اردوہَس منٛز پھِرنہٕ آمٕتؠ۔

اردوہَس منٛز گوٚو لون باقاعدٕ پٲٹھؠ پننہٕ اَفسانہٕ "گھر سے کالج تک" کہ ذٔرؠ یہِ اَدبی حلقن منٛز متعارف ییُٚس ۱۹۴۶ عیسوی ییَس منٛز جیٚمہِ کٔر "پریم" رسالس منٛز چھاپ سپُد۔ اَمہِ پتہٕ لیٚکھی تمہِ وارِیاہ اردو افسانہٕ یِمَن منٛز چھینٹے اور انسان، آرزو کا سلسلہ لا انتہا (ڈارلنگ)، سُندری، بچے، موچھوں والی گڑیا، سُکھ کا ساحل، پاپی پجاریوں

کی سنتان ، بُت شِکن ، نالے کا بادشاہ ، مطلب یہ کہ ، یہ محلّہ ، درد تنہائی ، تصادُم ، مُسکراہٹ کا زخم ، تصویر ، آگے کوئی نہ پیچھے شاَمِل چھِہ ۔ کٲشِرِ مَنٛز آسی اَتھ دورس مَنٛز پَردیسی تہٕ دَر ہوِہن بہلہٕ پایہ افسانہٕ نِگارن علاوٕ پُشکر ناتھ ، حامدی کاشمیری نورشاہ تہٕ صوفی غلام محمد ہِوی اَفسانہٕ نِگار اردوٕہس مَنٛز لیکھان ۔ لون تہٕ گوو اَتھ کاروانَس مَنٛز شاَمِل تہٕ کینٛژو اَفسانو سیتی بناوِن اَتھ مَنٛز پننٕہ جاے ۔ یمو مَنٛز آسی کینٛہہ رومانی تہٕ لولہٕ موضوعن لارِ یوٚدوَے سماجی تہٕ معاشی مَسلَن ہِنٛز ہلہٕ مِش تہٕ آسکھ ۔ لون ہِندین اَفسانَن مَنٛز تہٕ آیہ لولہٕ موضوع مگر یِم آیہ تِمی آیہ ییٚمہٕ آیہ یِم یینٛتہٕ کِس سماجَس مَنٛز موجود آسی ۔ تہٕ زَن گوو لون روٗدُنہٕ کُنہٕ تہٕ ساتہٕ لذت پسندی نور ۔ لول تہٕ عِشق تہٕ چھُہ اِنسانی زِندگی ہِنٛد اَکھ بوڈ موضوع مگر لونس نِش اوس یہ پہلو تہٕ معاشی تہٕ سماجی بدحالی ہِنٛز ثانوی دَرجُک ۔ لوٗن چھُنٛد اوٚند پوٚکھ ییٚمہٕ حساگہی ہِنٛد تقاضہٕ کران اوس سو حساگہی آس لون سٕنٛز تخلیقی شخصیتس مَنٛز ییٚمہٕ کِنۍ تِمی موضوعی سطحس پیٹھ پننہٕ ہِن زیادٕ تر اَفسانَن مَنٛز کٲشِرِ ہِنٛز تہذیبی ، سماجی ، سیاسی تہٕ معاشی زِندگی ہِنٛز عکاسی کٔر ۔ تِمی چھُنٛد سیاسی تہٕ سماجی شعوٗر اوس سروٚن تہٕ سٹھاہ بالغ ۔ یینٛتہٕ کِس پٔتھ کالَس تہٕ اَز کالَس پیٹھ آس تِمس ہِشی نظر تہٕ سہٕ اوس اِنسان دوستی ، ہمدردی ، معاشی ہِشر تہٕ رَوادآری ہِشِن قدرن ہُنٛد نہ صرف طرفدار بلکہٕ دِلداد تہٕ ۔ یوٚہے وَجہ چھُہ زِ لون ہِندین زیادٕ تر اَفسانَن ہُنٛد موضوع چھُہ سماجی تہٕ معاشی بُنیاز تھاوان ۔ یِمَن اَفسانَن مَنٛز چھِہ کٲشِرِ ہِنٛدی عام لوٗکھ خصوصاً اِقتصادی لحاظٕ مُفلِس تہٕ پٔتھ کھورِ طبقہٕ دریٚنٹھی گژھان ۔ ہٲلی ، گجُرِ ، ہانٛز ، ریڑٕ وآلی تہٕ اَنٛدی ٹِکھی روزَن وآلی بظاہر معمولی اِنسان چھِہ تِمی ہِندین افسانَن ہِنٛدی موضوع بَنان ۔ یِہندین دوہ کھَن دادِن ہُنٛد اِظہار تہٕ یِہنٛزَن لوکچِن لوکچِن خوٗشیَن ہِنٛز باوَتھ چھِہ اَفسانَن ہِنٛدِس تار و پودس

مَنٛز شاَمِل - کینٛہہ کرٛدار چھِ یقیناً ٹائپ مگر تتھی کرٛدار تہٕ چھِ میلان یم کُنہٕ تہٕ جایہِ ہِنٛدین کرٛدارَن سٟتی ہِشٕر متفاوت بٲوجوٗد لبقول اختر محی الدین صرف کٲشرِ مَنٛزٕے یوٗت میلتھ ہیکہٕ ہَن - یتھ پٲٹھی یُس مقٲمی رنگ کاشرِ افسانَن یا کٲشرِ ہِنٛدی اردو افسانَن روٗٹ سِہ چھُ کاشرین لوٗکن ہِنٛدِ سماجی شعورُک تخلیقی سطحس پیٹھ ترجمٲنی کران۔

گوڈٕ گوڈٕ آس لون سٕنٛدین افسانَن مَنٛز ترقی پسٕنٛدی ہِنٛزٕ لے تیز- کینٛہہ کال پتہٕ یم افسانہٕ تِمو لیٚکھی تِمَن مَنٛز چھُ تحریک چہٕ حقیقت نِگٲری ہُنٛد رجحان فنٕس سٟتی اٚڈرَن کرِتھ میلان - یوٚدوَے لون سُنٛد نظریہ یکسر تبدیل گوو نہٕ مگر تِمٕ ذیٚت تہٕ اَتھ تخلیقی حُسنَس پیٹھ غالب گژھنہٕ. تحریکہٕ ہُنٛد زور پیٚلہِ سوتن ہیٚوتُن شاعِر تہٕ اَدیبو ہیٚوت اِنفرادی سطحس پیٹھ سوچُن، جماژ ہِنٛز نعرٕ بازی نِشہِ الگ رُوزِتھ سماجس، فردس بلکہِ ذاتَس اَنٛدرٕ تہٕ نیٚبرٕ وُون دِیُن - کینٛہہ اَفسانہٕ نِگار ہیٚکی نہٕ پنٕنہٕ نظریاتی بُنیاد کِنہِ نوٚ زمانہٕ چہٕ دورِ مَنٛز شاَمِل گژھتھ تہٕ اَوے ہیٚوتُکھ لوٚب، مگرلون صاٮ۪بن کوٚر تحریکہِ ہِنٛدین نظریاتَن سٟتی پنٕنِ رِشتہٕ اُستوار آسنہٕ بٲوجوٗد نوٚین تراین تہٕ اَدبی نٮ۪ہجن خاطرٕ مقدم تہٕ ہِشٕر تہٕ ٹیکنیکس مَنٛز کرٛن کینٛہہ نوٚی تجربہٕ تہٕ۔

۱۹۵۵ عیسوی پیٹھہٕ ہیٚتی علی محمد لون صاٮ۪بن کاشرِس مَنٛز تہٕ افسانہٕ لیکھنی۔ اَتھ دوران اوس سُہ اردوہس مَنٛز افسانہٕ لیٚکھتھ اَمہ صنفہِ ہِنٛدین زاوی جارَن تہٕ اَمیہِ ہِشٕر پوٗرٕ پٲٹھی اَنٛزی مَنٛزی گوٚمُت - یُس تجربہٕ تہٕ یوٚس سہ مہارت تِمَس بدٕس آمِژ آس تِمہِ کِنہِ ہیٚکی تِمٕ "یم لوکھ" "کوٗرِ بچہٕ ہَن اَکھ" "موٚ غُلی غفارا" "گِنٛدن بوٗج" "لوٚکچہِ بچہٕ کتھ" "مدن سر تہٕ منوش" تہٕ "شٕنی" ہوی اَفسانہٕ لیٚکھتھ یِمَن مَنٛز کینٛہہ افسانہٕ ٹیکنیکہ تہٕ تخلیقی ورتاوٕ کِنہِ ناوہِنس لایق چھ۔ یوٚدوَے تِمٕ سٕنٛدی افسانہٕ اختر محی الدین، امین کامل، ہری کرشن کول، بنسی نردوش، صوفی غلام محمد تہٕ ہردے کول بھارتی سٕنٛدین اَفسانَن

سیتی پوٚر پوٚر مان چھنہٕ ہیکان گٔرِتھ تہٕ گرِتھ تہٕ چھُ لون سُنٛد ناو تِمَن پانژَن شَن اُدیبن مَنٛز شامِل یِمو کاشرِس مَنٛز افسانہٕ لِکٲری ہٕنٛز رِوایت قٲیِم کٔرٕ تہٕ اَتھ صنفِ لِلہٕ کھوٚل کرنَس سیتی سیتی ہُر رُووُکھ کاشرِس نثرٕ سرمایَس تِمہٕ ساتہٕ آے یِلہِ یینہٕ پٔرِ ہتی لیکھی ہتی لُوٚکھ اَتھ زبٲنی مَنٛز لیکھنَس لو برلولو زانان آسی۔ سوم ناتھ زُتشی ہُنٛد "یِلہِ پھول گاش" تہٕ دینا ناتھ نادم ہُنٛد "جوابی کارڈ" اَفسانہٕ پتہٕ آیہٕ کینٛہہ اَفسانہٕ لیکھنہٕ یِہنٛز حیثیتھ تعارفی تہٕ توارٲخی چھےٚ۔ شینہٕ پیٚتو پیٚتو (نادم) زوٗن (عزیز ہارون) ژوٗر (نور محمد روشن) کوٚلہٕ وان (ارجن دیو مجبوٗر) ہوی اَفسانہٕ پٔرِتھ چھ باسان زِ افسانہٕ لِگاراوس ہٕنہ وُنہٕ پننیو خیالی دُنیہٕ مَنٛز نیبر دٔرامُت۔ اَفسانکُ گرتھ اوس زیادٕ فارمولٲیی تہٕ اَتھ مَنٛز اوس تخلیقی توژرُ تہٕ اِنفرادی تیتھہ نہٕ آسنَس برابر۔ مگر اَفسانہٕ لِگارن ہٕنٛز یوسہٕ نوٚوِ اَمہٕ پتہٕ برونٛہہ کُن آیہٕ تہٕ یَتھ مَنٛز اختر، صوفی، رہبر، سنتوش تہٕ ہری کرشن کول بیترِ شامِل آسی، تِمہٕ کٔری موضوعی تہٕ فنی اعتبارٕ اَمہٕ صنفِ ہٕندی نٔوی اِمکان روشن۔ یِپارٕی اوس اِشتراکی تیٚکُ جنوٗن ہمیوٗمُت تہٕ کاشرِ اَدبچ وِیتھ آس اَکہِ بجہِ طغیانی پتہٕ تَتھ ڈٔنجہِ پیٹھ آمٕژ ییٚتِتھ اَمہِ کہِ سنہٕ رُک تہٕ وُسجارُک صحیح اَنداز گٔژھتھ ہیکہِ ہےٚ۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ کاشُر افسانہٕ تہٕ کُشیر ہُنٛد اردو افسانہٕ گوٚو اَمہٕ پتہٕ اَکِس نٔوِس دورس مَنٛز داخل تہٕ نوگ نعرٕ بازی بجایہ زندگی ہٕنٛز رنگارنگی پیش کرنہٕ تہٕ اَمہٕ کین قابلِ توجہ گوشَن روشن کرنہٕ۔ علی محمد لون ہُنٛدی کاشرِ تہٕ اَمہٕ دورٕکی اردو افسانہٕ تہٕ چھِ اَمہٕ تخلیقی ورتاوچہِ تبدیلی ہُنٛد باس دِوان۔

یہ کتھ چھِ گوڈےٚ وَننہٕ آمٕژ زِ لون صابن کوٚر یِنہٕ ہِن افسانَن ہُنٛد مواد پننہٕ اوٚند پوٚکھ مَنٛزٕ رے حاصِل تہٕ بُنِ مہ طبقہٕ کین لوٗکن ہٕنٛز روہہ دِشچہِ زندگی لِنتہٕ ژوٚرِ یِہن۔ تِمی سُنٛدین افسانَن مَنٛز چھِ زندگی ہٕنٛدی بظاہر معمولی تہٕ لوٚکٕٹی موکٕٹی چیز

موضوع بنان ۔ چیخوف تہٕ راجندر سنگھ بیدی ہِندِ ین افسانن ہُند چھُ یہ اَکھ خاص وَصف۔ معمولی کتھ پننہِ تخلیقی وَرتاوِ سِتی غٲر موٗمولی بناو نہٕ چھُ اَکھ بوٚڈ فن۔ لون صاحب تہٕ چھُ اَتھ فنس واقف ۔ تم سب میرے ہو' مدن سر تہٕ منوش' مسکراہٹ کا زخم' درد تنہا غم زمانہ تہٕ تصادم ہوٚین اردو یا کاشرِ ین اَفسانن منٛز چھِ لوکٕٹ لوکٕٹ تہٕ معمولی واقعہٕ یمن منٛز سماجی نابرابری ہُند موضوع میلان چھُ مگر لون چھُ یمن واقعہن ہِندِ ین فکری تہٕ نفسیاتی مضمرات پیٹھ تہٕ نظر تراوان ۔ تم سب میرے ہو (اردو) افسانُک یار باش رمضان پہل' مسکراہٹ کا زخم (اردو) افسانُک ستار تہٕ " درد تنہا غم زمانہ " افسانُک شریر تہٕ رانٛڑ مگر ہمدرد نثار چھِ اُمی سماجُک کردار یِہنٛزن نفسیاتی وَرن منٛز عکاسی افسانہٕ نگارن بڑٕ جان پاٹھی کٔرمٕژ چھےٚ۔ لون اوس زانان زِ کاشرِ ین چھنہٕ زندگی ہِنٛزِ بنیادی ضرورژ تہٕ میسر۔ " مسکراہٹ کا زخم" افسانُک ستار چھُ پننہٕ بٔچن سکولہٕ باجین منٛز ساروے کھوتہٕ ذہین مگر حالاتو چھُ پتٕر پیٹھ گاڑی کِنہٕ لٔس پیٹھ مجبوٗر کورمُت ۔ ۲۵ وٕری پتہٕ ییلہِ سُہ پننہٕ لٔس سکولہٕ باجس ٲلیس دفتر گژھان وُچھان چھُ سُہ چھُ بڑٕ بے تکلفی سان تٔمس گاڑی کھینہٕ خاطرٕ پیش کران۔ تٔمس چھُنہٕ ٲلیس برونہہ کنہٕ احساسہٕ کمتری گژھان تکیازِ سُہ چھُ زانان زِ سرمایہ دارانہٕ اُصوٗلن پیٹھ استوار سماجس منٛز کتھ کٔنی گوو تٔمی ہِنٛزن ذہنی صلاحیژن ہُند خوٗن' یتھی نے ہوٚین حالاتن ہُند شکار چھُ " درد تنہا غم زمانہ" افسانُک کردار نثار تہٕ ۔ بنگولہٕ تراوِتھ مکانہٕ پتٕھو پیٹھ کوتر وُڈٕناوٕنی' وتہٕ پکہٕ وٕنن ٹانہٕ ژٕٹھنی تہٕ تمہٕ سِند مزاجُک ترُہ شر تہٕ رانٛڑگی چھُ سُہ نفسیاتی ردِ عمل یُس لوکچارس منٛز تابہٕ ژٕنجہٕ ژاکِتھ پتٕر پیٹھ گنہٕ پوٗرٕ کِنہٕ نکہٕ احساس شکستُک نتیجہٕ چھُ ۔ حالانکہٕ تٔمس اندر چھُ سُہ اِنسان زِندٕ یُس کامبیہٕ ہِندِس وُنہ بہس اندر بیمارن ہِنٛز ڈگ تہٕ دود ژٕ ینتھ چھُ ہیکان۔

" لوکچہِ کتھ " افسانس منٛز چھُ مرکزی کردارِ ین لٔس دوستٕس خطس منٛز لیکھان

"اَسہِ گوٚو کہو۔ اَسی چھہِ کمو!

لوٗکَن ہِنٛدِس پیٹھس پیٹھ نَترِان۔ اَسہِ نہٕ پانَس سوٚنب کھین

خورِدنی۔ لُکھ وُنہٕ غُربتس، جہالتس تہٕ بیمارین مَنٛز مُبتلا۔ ساٚنۍ

بَچہِ وُنہٕ تہٕ فاقہٕ بیٚرِ دوہ ہہ دِین کڈان۔ سانہٕ زنانہٕ، ماجہِ

بیٚنہٕ وُنہٕ نیٖم غولامی مَنٛز زِندگی گزُاران۔ ساٚنۍ ہرد وُنہٕ تہٕ

بَتہٕ دادِ دَربَدر۔ یَتھ یہٕ جنگ کیاہ مٕنے چھُ تھاوان.......

اَسہِ یہٕ وُنہٕ ضرُور ژ پوٗرِ سَپدان، آرام و آسایش چھُنہٕ کیتھے۔

یَتھ کتھ پیٹھ آسی اَکِس ترٛٹھِ لکشری مَنٛز یَنٛہٕ پان تراوان یَتھ

مَنٛز ساٚنۍ بَتہٕ بَب تہٕ اَن داتا تہٕ چھِ اَتھ تراوان۔ سوٚ لکشری

گیٚیہِ جنگ"۔

لوٚہے چھُ سہٕ احساس لیُس لول ہٕشندین تقریباً سارِنٕے اَفسانَن مَنٛز اکہِ زیرین لہر

ہنٛدی پأٹھی موجوٗد چھُ۔ "سندربنی" (اردو) افسانَس مَنٛز چھِنے کشیرِ ہنٛدین بالآئی علاقَن

مَنٛز روزَن والین گُجرین ہنٛز زِندگی پیش آمٕژ کرنہٕ۔ اَکہِ طرفہٕ قدرَتِ حسُن زَن پھِرِد

پھِری ژھِنمُت ـــــ اَندی تِکِس مَنٛز تہٕ لسوآنی صوٗرِژَن مَنٛز تہٕ ـــــ مگر بیٚیہِ

طرفہٕ یِہٕنٛز ذہنی پستی تہٕ یِہٕنٛدِ یَتھ کھورِ آسنُک تلخ احساس۔ یہٕ چھُ اَکھ تضادیُس

لول ہٕشندین بیش تر افسانَن ہنٛز بُنیاد چھُ۔ مدل سر تہٕ منوش (آگے کوئی نہ پیچھے)

اَفسانَس منٛز چھُ اَکھ سہٕ نفر میلان لیُس طبقاتی کھسہِ وَسہِ ہُنٛد شکار چھُ تہٕ کینہہ چھُس نہٕ

پرُسانِ حال۔ سہٕ چھُ پَنٕہ نِسیے نارِس مَنٛز دَزان۔ کانٛدرِ شُند نیچو آسنہٕ کِنۍ چھُنہٕ تمۍ

شُند لول انجامَس وآتِتھ ہیکان تہٕ سہٕ چھُنہٕ دُلیٚ حاصِل کرِتھ ہیکان۔ اَتھ برعکس

چھُ تمۍ سٕنٛز رَفتارُک اَکھ وارٕنی تہٕ اَڈلیتٕک ملازِم مکھنہٕ، یِیمہِ ہنٛز شوٗر ... شام

چھُ، تمہٕز ذاتہٕ سٟتۍ تعلق تھاوَن کُنہِ دُلہِ سٟتۍ کھاندر کران۔

لون اوس انسان دوس۔ یِمہٕ آیہِ مُفلِس، نادار تہٕ مظلوم کردارن ہِنز عکاسی
تمۍ کرٕ سو چھِ تمۍ ہِنزٕ ہمدردی ہٕتہٕ خۄلوٗصٕک مظاہرٕ کران۔ یۄدوَے یِم کردار مآدی
اعتبارٕ ژھِری تہٕ چھِنی چھِ مگر انسٲنی ہمدردی ہٕتہٕ جذبَن ہِندِس سطحس پیٹھ چھِ سٹھاہ
اوسودٕ حال۔ یِہنزٕ یہِ اوسودٕ حٲلی وُچھتھ چھُ پَرن وول کینژن جایَن محسوٗس کران زِ
لون چھُ زانتھ مآنتھ یِنہٕ ژِن تِمن کِردارَن تھدِ آیہِ پیش کران یِمن سٟتۍ سہٕ جذبٲتی
تہٕ نظریٲتی سطحس پیٹھ وابستہٕ تہٕ ہم آہنگ اوس۔ اَمیُک مطلب چھُنہٕ زِ تمس نِشہِ آسہٕ
معٲشی تہٕ مآدی حقیقژٕ یوت سورُے کینہہ۔ کٔشیرِ ہِنز تہذیبی تہٕ اِخلآقی زندگی آس
تمس تیتھے عزیز یِتھ راہ یِیِتہِ چِھ اقتصآدی بدحآلی تہٕ معٲشی اَبتری ہِنزِ دِیے آسس۔
مآدی ترقی سٟتۍ سٟتۍ آس تمس نِش فردٕ ہِنز تہٕ سَماجٕچ روحآنی پاپرجآیی تہٕ اہم تکیاز
اِنفرآدی تہٕ اجتمٲعی شناخت مشخص کرنَس مَنز چھُ دۄشوٕنی عنصرَن ہُنٛد برابر دَخل۔
پٲنٛہٕ ژِن افسانَن مَنز چھِ لون صآبَن کٔشیرِ مَنز رونما سَپدے ہِتِن تہذیبی تہٕ فکری اِنقلابَن
تہٕ اَندٕ بوٗرٕ دِیتِمُت تہٕ کٲشُر تہذیب و تمدن چھُن بھیرہاو خصوٗصیژن ہُنٛد تہٕ چھُن
تخلیقی بازیافت کۄرمُت۔ یہِ کتھ چھےٚ مُسلّم زِ کٲشُر ذہن تہٕ سوچ چھُ یتھ کالہٕ پیٹھے
خٲرجی حقیقژن بجایہِ دٲخلی کیفیژن سٟتۍ گوان آمُت۔ زندگی نسبت کٲشرٕ ہِنٛدٕ یہِ
میلانِ طبع تہٕ رٔویہِ چھُ یِہندِ اجتمٲعی لاشعورٕچ پٲرۍ زان حآصِل کرنس مَنز بُنیآدی
اہمیتھ تھاوان۔ یۄہے چھُ وَجہ زِ کٲشرٕ ن مَنز چھُ عام پآٹھۍ سُہ شعر و اَدب مقبول
روٗدمُت یَتھ مَنز خآرجی حقیقژَو بجایہِ دٲخلی دُنی ہِیچ شیٚچھ خبر دِنہٕ آمٕژ چھِ۔ اَتھ
پۄت منظرس منزٕ یِیلہِ لون ہِندٕ ن کینژن افسانَن سام ہیمیو۔ یِیمہٕ کتھ ہُند
چھُ ستہٕ تہٕ سان احساس گنان زِ تمس اوس یِتِنہٕ تہذیبی تہٕ تمدنی وراثژ ہُنٛد

پَزٕ ہٕ یاٹھی عرفان ہٕ تتھ پیٹھ اوٗسُس فخر تہٕ۔ یَہٕ ہٕن کینژن افسانَن منٛز چھُ
سُہ یَتھ کتھ پھِرِ پھِرِ زور دِوان زِ مادی خوشحٲلی پراونہٕ خٲطرٕ پزرن نہٕ پننہٕ لِس
تہذیبی یَتھ کالس ستی پننہٕ ساری رشتہٕ یک مُشتھ ژٹٕنی۔ "پاپی پجاریوں کی سنتان"
(اردو) افسانس منٛز چھُ عصری زندگی ہِندی تقاضہٕ پَزٕ ناوِتھ یمَن ہِنٛز تریش
پَننہٕ تہذیبی تہٕ تمدنی میراثہٕ کیو ناگہ رادَو پیٹھے ہیومراوان۔

اَتھ افسانس منٛز چھِ تھقین دوٕن کردارن ہِنٛز ذہنی ٹھولہٕ ٹھول درینٛٹھی
گژھان یم تہذیبی سفرکس اَکس دوٗئِنس پیٹھ کھڑا چھِ۔ اَکھ اندٕ چھِ بظاہر سخت
مگر ہموار تارکول سڑک یَتھ پیٹھ نوٕ زمانٕک ٹریفک تیز رفتارہ سان اَتھ کھلہٕ
دوران چھُ تہٕ بیاکھ چھِ سو وَتھ یوسہٕ پدٕن تہٕ زمینس درمیان کانہہ ٹھوٗر یاد
کرنہٕ بغٲر تہٕ کُنہِ مصنوعی پارٕ اوٕچ منت کھالنہٕ وراۓ تمن طرفاتن کُن نوان چھِ یم
مادی شور شرابہٕ تہٕ نوٕ زمانٕچہِ ژٕلہٕ لارنہٕ وُنہٕ محفوظ چھِ۔ دوٕنوے کردار چھِ پَننہٕ پننہٕ
جایہٕ بے سوکھ تہٕ بے قرار۔ بُڈ چھُ اَکہِ زیچھِ تہذیبی رلوایژ ہُندٕ اہن آستھ ییٛح راچھی
کران مگر تہذیبی شہجارس تلہٕ کُنہِ تہٕ چھُس نوٕ دوٕرِ چھِ تاپہٕ ژٕنجہِ وُبوٗدُر ٹلان۔ بیاکھ
چھُ مادی زندگی ہِندِس دوٕلابس منٛز تتھ یاٹھی ہسنہٕ آمت زِ اوسو دٕ حال آستھ
تہٕ چھُ ذہنی سکون کِس سوٗتھرس پیٹھ حالِ حٲران۔ پَننہٕ گراجہٕ تہٕ آوٹ ہاوسہٕ
خٲطرٕ زمینہٕ گز گژ تام حٲصل کرنہٕ باپتھ یمہِ روحانی عذابہٕ منٛزِ تمس گژرن پیوان
چھُ سُہ چھُ اَزی چھِ بے سوکھ زندگی ہُند عذاب۔ بُڈ شُند کردار چھُ اخلاقی تہٕ تہذیبی
قدرن ہِنٛز علامتھ ییٚلہٕ زَن نوٕ دولتی نوجوان مادٕ پرست معاشرٕک نُمایندٕ چھُ۔
بُڈٕ ہِنٛز جذباتی تشخیص ہِندی موٗل چھِ قدرن تہٕ رلوایژن اندر پیوستہٕ ییٚلہٕ زَن نوجوان
نوٕ ہِن مگر زاوی لین تہٕ مصنوعی موٗلَن آونہٕ چھُ۔ تمس چھِ بُڈ دِوان اَتھِ کھرالِ مادی

مفادٕ کنہٕ چھُ سورُے ژۄک مۄدُر ژالنس پیٹھ مجبوٗر تکیازِ سُہ چھُ مصلحت پسند، ریاکار ہٕتہٕ خود غرض۔ بڈٕ چھ تمُس وَنان :

"عزیزٕ من ! تہذیب چھُ اَکھ تیٚتھ وَساو...... یتھ منٛز

پننہٕ تواریخ پنُن پتھ کال تہٕ پننہٕ رلوایژ تہٕ تمدن شامل

چھُ، تہٕ پتہٕ چھ بیاکھ اَکھ چیز سُہ گوو اخلاق"۔

مگر نوجوان سُند ذہن چھُ اَزِچ مصنوعی تہٕ مشینی زندگی گزارنہٕ خاطرٕ تتھ حدس تام تیار زِ سُہ چھ ساری سے تہذیبی سرمایس بوٗلی دیاونہٕ باپتھ ہۄل گنڈتھ۔ تمیٚ چھنہٕ کلہن پنڈتن "راج ترنگنی" پرمژ تہٕ ماجہ کشیرِ ہندس تواریخس منٛز چھنہٕ تمس کانٛہہ دلچسپی تہٕ نہٕ چھس پایَری زان۔ تمیٚ چھُ پنُن سورُے وجوٗد پننہٕ زمانہٕچین تمن رُوشن پیشروٚ وُمت یمن نِش سُہ اَکِہ برٛونہہ کاپچ ووٚمید تھاوان چھُ مگر یِزر چھُ یہ زِ سُہ چھُ اَکھ تیٚتھ مۄلہ ژرامُت کُل ییٚتھ نہٕ سونتہٕ واو زِہیے تہٕ سرتازٕ کرتھ ہیکِہ۔ناکامی یِتھ تمیٚ سُند مقدر ییٚمیک اشارٕ بڈٕ سُند اِنکار کرُن چھُ۔

موجوٗدٕ دورچہٕ مشینی تہٕ مصنوعی زندگی متعلق افسانہٕ بُت شکن (اردو) تہٕ چھُ دراصل یوٚہے بحران ہاوان۔ مشینی پیش رفت سٕتی یُس ووٚند مزر وٚتھ تمکی گوڈنچ نشانہٕ بنے یہ شہر تہٕ پتہٕ پھٕلیوٚو یہ نارٕ ژوٚ پاری ییٚتھ کنہٕ زِ فطرتس کُن واپس پھیرُن تہٕ گوو ناممکن ۔ مذکورٕ افسانُک مرکزی کردار چھُ شہرٕ نیبرٕ تھ دوٗرٕ جنگلن منٛز جاے ژھانڈان مگر اَتہٕ چھُ تمس یہ وُچھتھ ہول گنڈان زِ کٔچ چھ یوان بے وایہٕ ژٹنہٕ۔کُل چھُ زندگی علاوہٕ روحانی تیٚچ تہٕ اِنسانی تیٚچ علامتھ تہٕ اَتھ چھِ نیچرس سٕتی پورٕ پوٗر وابستگی۔مرکزی کردارس چھُ کُلن سٕتی جذباتی وابستگی۔ سُہ ییلہٕ تہٕ یمن پیٹھ تبرٕ وایُنک منظر وُچھان چھُ سُہ چھُ ماتوس گژھان۔ اَمی چھُ تمیٚ پانس اندر کُل ووٚپدوُمت۔

خارجی منظرس منٛز یم کٲژ ژٕٹنہٕ یوان چھہٕ تم چھہٕ اٰمی ہِنٛدِس داخلی منظرس منٛز بییہ کھسان برٛان۔

"میانِس ذہنس منٛز چھُہ اکھ کُل کھوتمُت۔ سرسبز تہٕ نرم نرم
پنہٕ دٕتھر بییہ نوزُکھ تہٕ آوِجہٕ لنجہٕ ہیتھ اکھ سدا بہار کُل۔
حالاتن ہُنٛد توت تاپھ، ماحولک گرم تہٕ دزوُن ہوا تہٕ
میانہٕ اندری جیرُک بادِ سموم ییلہٕ تہٕ لپکان چھُہ، یہ کُل
چھُہ میانہٕ زندگی پیٹھ پننہٕ شُہُل سایہٕ تراوان۔" (ترجمہ)

لون صابن لیکھی کینہہ تم افسانہٕ تہٕ یُہنٛد پوت منظر دوٕن ہمسایہ ملکن درمیان سُپدمُت جنگ چھُہ۔ تمُس اوس احساس زِ جنگ چھُہ سرحدن پیٹھ ختم گژھِتھ ترقی پذیر ملکن منٛز پرٛیتھ گرس اندر شروع گژھان۔ بوٗ چھہٕ، فاقہٕ، بازرکی نیرخ تہٕ یژھنے دٕوییمن یچھ صوٗرژن منٛز ییتھ لوکن باج ہیوان۔ جنگہٕ کِس پوت منظرس منٛز لیکھی ہیتن افسانن منٛز چھہٕ لوٗکچہٕ بجہٕ کتھ، یہ محلہ یم لوکھ تہٕ موغلی غفارا ہوی افسانہٕ شامِل "لوٗکچہٕ بجہٕ کتھ" افسانس منٛز چھُہ مرکزی کردار (راوی) ییمہٕ عذابہٕ منٛزی تہٕ گزران زِ سرحدن پیٹھ دوٕن ملکن درمیان جنگ کتھ کٔنی چھُہ مُلکن اندر تہٕ مختلف فرقن درمیان اکھ اکِس متعلق شکوک پاد کران۔ "یہ محلہ یم لوکھ" افسانچہٕ فرضہٕ تجہٕ ہُنٛدی ترٛے گبر چھہٕ جنگس منٛز مارٕ گامتی تہٕ دوٕنی چھُہ تمُس دِماغ ہیوت ڈولمُت زِ پرٛیتھ کانٛسہٕ چھہٕ لیکہٕ کڈان۔ 'موغلی غفارا' افسانس منٛز چھہٕ موغلی تہٕ غفارٕ زٕ ہوٗنی ییمن علامتی اہمیتھ چھےٚ تہٕ ییتھے کٔنی چھُہ حبیب خان، یُس لاتھر ونان چھہٕ جنگہٕ کِس پوت منظرس منٛز اکہٕ خاص کیفیژ ہُنٛد استعارٕ۔ افسانہٕ چھُہ جنگہٕ کین اثراتن ہنٛز عکاسی کرتھ اکھ طنزیہ لہجہ ووتلاوان۔

لون ہِنٛدِ پن کینژن افسانَن مَنٛز چھِ تِم لوکٕٹ موکٕٹ موضوع تہٕ پیش

سپدی متی یِم مختلف تعصباتَن ہنٛزِ شکلہِ مَنٛز درینٛٹھی گژھان چھِ۔ یِم تعصبات تہٕ

INHIBITIONS چھِ خوشگوار زندگی گزارنَس مَنٛز پرہتھ وزِ ٹھُرٕ پادٕ کران۔

فردس نفسیٲتی تناوس مَنٛز آوٕراوان تہٕ باہمی رِشتن ژورٕ ژانان۔" مدن سرتہٕ منوش"

افسانُک مرکزی کردار چھُ محض ییٚمہِ وَجہ کِنہٕ نفسیٲتی مریض بنان تکیازِ سماجَس

مُروَجہ ریٖژ تہٕ رلواج چھِنہٕ تمِس سٕہ مقام تہٕ جاے پراونہٕ دِوان ییٚمیُک سُہ حقدار

چھُ۔ اُمیُک وَجہ چھُ یہِ زِ اَسہِ نِش چھِنہٕ وُنہٕ بہتر سماجی گرٕ کی ادارٕ مستحکم سپدیٚمتٕ

تہٕ فردس سٟتی ہیٚتی چھُ سورُے سماجی نظام ژھُری ہے ہاوٕ باوس لور۔ یتھِس ہوِس

صوٗرتہِ حالس مَنٛز چھُ اُکِس فردس شُند ذہنی کرب اَکھ فطری نتیجہٕ۔ افسانَس مَنٛز چھِ

مرکزی کردار اَتھی کربَس مَنٛز مُبتلا۔ سُہ چھُ پَس زاتَس ہیٚتی تعلق تھاونہٕ کِنہٕ احساسِ

کمتری ہُنٛد شکار تہٕ یہِ جُرٕتھ چھُنہٕ تمِس اَندر زِ سُہ کرِہے دٕلی نِش پننہِ لولُک اظہار

مگر ییٚلہِ دٕلی کھاندرٕ باپتھ رد خصتُک درخواست پیش کران چھُس تمیٚ ہِنٛدی منہ

کٲنٛہہ خاب چھِ حقیقژن ہِنٛدِ پن سنگلاخن ہیٚتی ٹھاسہٕ لوان۔ تمِس چھُنہٕ پننہٕ

شکست تسلیم کرنہٕ ورٲے چارٕ ے لگان:

"نہٕ مُکھنہٕ اوس نہ تَس بَلایہٕ نوگمُت تہٕ نہٕ اَس دُے

مکھنس بَلایہٕ لجمٕژ۔ یہِ اوس یاوُن یاوِنَس نرٕ آلوِتھ آمت۔

رگن ہُنٛد وشُن خوٗن ووٚتہٕ ووٚتھ کروٗنہٕ مُرتھ۔ وُمرِ ہُنٛد

توٚت تاپہٕ دوٚ ہہٕ ہیٚتھ برق نیہہ کنہٕ میون لول، میون سریہہ

تہٕ چھیکرس میون حسد تہٕ دَم پھٔٹ گوو۔ اَمی وِزِ باسیوو

منٛے زِن تہٕ مَس پھٔٹن ہیوٚتن تہٕ دوٚ ہہٕ آو لور۔ شامہ

ژھایہٕ آیہٕ لاران تہٕ تھاران میٚے کُنۍ۔ میٚے شٹھیوٚ وِل
تہٕ ناآرو مٔنٛزی پوٚکم شیپنہٕ ووٚنۍ۔ تہٕ اَز چھُ ڈٔڈِ وَنے
ڈٔدوٚنہٕ ساآری ہے۔ یَتھ اگر ژٔیر گوٚو تہٕ کیاہ گوٚو۔ صاحب
ہرگاہ ناراض گوٚو تہٕ کیاہ گوٚو۔ دفترس ہرگاہ ڈٔبہٕ ڈاس
گوٚو تہٕ کیاہ گوٚو۔ ووٚنۍ بیٚییہٕ نہٕ کہنٛہہ فرق، کہنٛہہ فرق
بیٚییہٕ نہٕ ووٚنۍ۔"

"موچھوں والی گڑیا" افسانس مَنٛز تہٕ چھہِ یتھی ہوی ذہنی تعصبات نظرِ گژھان یِم فردس
اندر تناو پآدٕ کران چھہِ۔ وُہمہ صدی ہنٛدِس ترقی یافتہٕ دورس منٛز تہٕ چھےٚ مآلِس ماجہِ
کوٗرِ ہتھےَ پآٹھی بارِ گراں باسان یتھ پآٹھی دورِ جہالتس منٛز سو اَکھ عذاب مانہٕ
آس یِوان۔ یوٚدوَے اَتھ افسانَس متعلق وَننہٕ چھُ یِوان زِ یہ چھُ تمہٕ ہنٛزِ ذآتی
زندگی ہُنٛد واقعہٕ یَتھ مَنٛز تمہٕ اولادِ نرینہ نہٕ آسنچہٕ محرومی ہُنٛد اظہار کوٚرمُت چھُ
تہٕ گرٕتھ تہٕ چھُ یہ تمَن قباحژن کُن اشارٕ کران یِم سآنِس سماجَس مَنٛز بدستور
موجوٗد چھےٚ۔ افسانَس مَنٛز چھُ دوٚن کورِن ہتہٕ بیٚیس بچہٕ ہنٛز آش مگر نفسیآتی تہٕ
ذہنی تناو چھُ اَمہٕ کِنۍ زِ خبر چھا ترٚےیِم شُر آسیا لڑٕکہٕ کِنہٕ کوٗر۔ تہٕ ہرگاہ کوٗر
آسہِ لوٗکن ہنٛزِن کتھَن کیاہ جواب دِمَو یِم ہر ہمیشہٕ وَنان چھہِ زِ کوٗر چھہِ چھیکرس
ووٚپرٕ مال، تمی ہنٛدِس جہیزَس پیٹھ چھُ ساسہٕ بوٚد خرچ گژھان۔ پیٹھ چھُ زمانہٕ تہٕ
ووٚہہ کھوٚتہٕ ووٚہہ خراب۔

لوکٹین بڈین سمآجی موضوعن پیٹھ لیکھنہٕ علاوٕ لیوٗکھ لون صآبَن جدیدیت
کِس رُجحانَس تحت تہٕ۔ جدیدیتُک رجحان یوٚدوَے لون صآبُن ٹآرِ کھسان اوس
نہٕ مگر تمہٕ یِم تجربہٕ ہیٚنٛژ تہٕ ٹیکنیکہٕ مَنٛز کٔری تم آسی زیادٕ ترٕ نٔوِس رُجحانَس ستی میٖل

متھاوان۔ اَمہِ عُلاوٕ گوو لون صأب فِکری لحاظہٕ تہٕ جدیدیتکہِ رجحانہٕ سِتی مُتأثر۔ موجوٗدٕ سائینسی تہٕ مشینی دورَن یم سٕٹھہے پیچیدٕ مسٔلہ فردس برونہہ کنہٕ کھڑا کٔری تِمَن منٛز چھُ اِنسان ہِسنٛدِ وجوٗدُک مسٔلہٕ بنیأدی تہٕ اَہم۔ یہٕ مسٔلہ اوس روأیتی شعرو ادبس منٛز تہٕ میلان ہگریٛمہِ اندازٕ یہٕ نوٗس عالمی اَدبس منٛز نظرِ گژھان چھُ سُہ چھُ وجوٗدس متعلق روایتی سوچَن تراپہٕ نِش مختلف۔ اَزی کہِ دورُک حساس فرد چھُ محسوس کران زِ عقیدو، نظریو، مختلف ہٕ وسیع علی مو ہٕ سائینس چہٕ ترقی باوجود چھُ سُہ لاعلمی ہِنٛدِس وآناکھ صحراوس منٛز۔ اَتھ حساگہی دِژ وجودیتکی فلسفَن ہَنا زیادٕ ہےہن وُتلش تہٕ ادیبو ہٕ شاعرو دأیرو زندگی ہِنٛزِ بے معنویتُہ ہُنٛد موضوع۔ ذات بٔنے یہٕ توجہک مرکز ہٕ اِنسأنی وٗجودس متعلق بنے یہٕ یم سوال بنیأدی زِ وسیع کأیناتس منٛز کیاہ چھُ اِنسأنی وٗجوٗدک معنہِ۔ اِنسان کیاہ چھُ تہٕ کیازِ چھُ۔ خودا، کاینات تہٕ زندگی ہو ہن سوالَن متعلق ہیٚوت فنکارو پننہِ آیہٕ سوچُن تہٕ اِنفرأدی نتیجہِ اَخذ کرُن۔ تکیازِ تِمَن باسیے یہٕ سأری تِم سہارٕ اُڑ ییکی یمو ذریعہِ سُہ اِنسانَس تہٕ کائناتس متعلق زانہِ ہیکہِ ہے۔ وجودیت کس فلسفس تحت آیہٕ کٔشیرِ منٛز تہٕ فن پارٕ تخلیق کرنہٕ۔ اَفسانہٕ لِنگأری منٛز کوٚر یہٕ موضوع اختر محی الدینَن، سنتوشَن، ہری کرشن کولن، ہردے کول بھارتی یَن تہٕ فاروق مسعودی یَن مختلف رنگن منٛز پیش۔ لون صأبُن افسانہٕ "شۍ" تہٕ چھُ تِتھی وِے اَفسانو منٛزہٕ تہٕ اینک موضوع چھُ زندگی ہِنٛزِ بے معنویت۔ مرکزی کردارس چھہ پننِس وجوٗدس متعلق وارِیاہ سوال ذہنس منٛز وتھ تلان۔ یِمَن سوالن ہُنٛد چھُنہٕ سُہ کانٛہہ جواب لبان۔ وجوٗدُک مقصد کیاہ چھُ؟ بہٕ کیاہ چھُس تہٕ کیازِ چھُس یا چھُس نہٕ۔ ساسہٕ بُزٕ کتابہٕ، ہتہٕ بُدی فلسفہِ نظرِ یہٕ ـــ یِمَن منٛز چھُنہٕ کُنہٕ جایہ سُہ پننِس سوالس جواب ہیکان لبتھ۔ تمِس

چھُ دِلَس ہتہ دِہمانَس مَنٛز اکھ وے کیوم، اَکھ شٕنٛز لیُس ہہ کُنہٕ تہٕ ہٕستی پرُوَنہٕ یییہ۔ سُہ چھُ اِنسانی جذبو نِشہٕ مچھہٕ۔ رٲتکُ ہہ دُہکُ، تہر ہُنٛد ہہ تاپکُ چھُنہٕ تمُس ییٹھ کانہہ اَثر۔

"گاٹلی دِہان اِنسان چھُنہٕ صرف ہاکھ بَتہ کھٮ۪تھ زِنٛدٕ روزان۔ ہاکھ بَتہ ترٟیش ہہ ہوا ——— یِم چھہ اِنسٲنی جِسمَس زِنٛدٕ تھوان۔مگر اِنسٲنی کایہ مَنٛز چھُ بییہ کیاہ تام آسان یتھ بدلہٕ بدلہٕ ہہ رلنگا رنگ غذا واتُن گژھہٕ۔ ازکینٛہہ کال برٛونٹھ اوسُس بہٕ یہ پُرٛزرزانان۔ اَوے اوسُس کتابہٕ پَران، افسانہٕ لیکھان، ڈراما گنٛدان، گیوٚن بوزان ہہ فلمہٕ وُچھان۔گٹہن گژھان، محفلن واتان، لوٚکن ہِسِتی دوہ تھان بہان، اَسان گنٛدان، وَدان رِوان ــ مگر سُہ اوس میوٚن یِمہ کال، میوٚن از کال چھُ دوہ ذی بدٕ لے ترایہ گرایہ لیکان۔ مےٚ باسان یہ سوری فضُول، بے ہوٗدٕ، بکواس۔"

یہ مَنظر نامہٕ چھُ موجوٗدٕ دورٕکِس تمِس حساس فردٕ سُنٛد ذِہنی خلا ہہ آدلُن یسِمہٕ ہٕنٛد عٲلہِ مکہ ہہ زآتی یا ٲبی ہٕنٛدی، خوابَن ہہ دوہ میزن ہٕندی سآری پوتہٕ لی پھٹمتی چھہ ہہ یُس یتھ کتھہ ییٹھ ترٛژان چھُ زِ یہ شٕنٛز یہ وے کیوم کیتھ کنٛز گژھہٕ پوٗر۔

علی محمد لون ہٕنٛدن افسانَن ہٕنٛدی کردار چھہ تم عام لُوکھ یِم تمُس اَنٛدی پکھی روزان چھہ۔سُہ چھُ رآوی ہٕنٛد حیثیتہٕ زیادٕ تر افسانَن مَنٛز پانہٕ شآمِل۔ یوٗدوے رآوی ہیٚکہ افسانہٕ لِنگارس بِغآر کانٛہہ الگ کردار تہٕ آسِتھ ہہ آسُن تہٕ گژھہ مگر لون ہٕنٛدن افسانَن مَنٛز چھُ سُہ افسانہٕ لِنگار ہہ ڈراما لنگار لون سُنٛد ناوہیتھ تہٕ میلان۔ یہ چھہ تمن افسانَن

مَنٛز سوٗ اَکھ عنصر پاَدٕ کران تہٕ کُنہِ کُنہِ جایہِ اَتھ ڈاکومینٹری بناوِتھ تمہِ التباسہٕ نِشہِ یمن محروم کران یُس فَنکہِ جمالہِ خاطرٕ ضروری چھُ۔ تاہم چھُ یہ رٕوی یہ افسانہٕ نِگارٕ ہنٛدِ مُشاہدُک تہٕ واقعہکہِ حقیقت پسندانہٕ آسنُک پَے دِوان۔ یَمنہِ زندگی ہنٛدی حوالہِ چھِ یِتھ کِتھ دَرہیر کران زِ لوٗن چھُ فردٕ سُنٛد یا سماجُک حال احوال یَمنہِ ذاتہٕ کہ حوالہٕ سیٚتی پیش کٔرِتھ فنَس تہٕ زندگی درمیان رِشتس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اُستوار کرنٕچ کوشِش کران۔

لوٗن صاَب یَمن اَفسانن مَنٛز چھِنہٕ کردار زیادٕ اہم۔ یِم چھِ واقعہٕ پیش کرنَس مَنٛز اَتھ رٕوٹ کران۔ یِم چھِ سماجٕچ نمایندگی ضرور کران مگر سماجکی نمائندہ کردار چھِنہٕ۔ یِم چھِ افسانن مَنٛز یِتھ یَمنہِ عملہِ سیٚتی واقعہک تاثر دِوان تہٕ اکثر پٔرن والین ہنٛدِ ذہنہٕ مَنٛز نیران مگر واقعہُک تاثر چھُ قایم روزان۔ یِم کردار چھِ زیادٕ پٔہن یَمنَس اوٚندٕ پٔکھس تابع۔ کانٛہہ کانٛہہ کردار یوٚدوَے اُبران تہٕ چھُ سُہ تہٕ چھُنہٕ حالاتَن بدلاوِتھ ہٮ۪کان یا اَمہِ خاطرٕ کانٛہہ بٔڈ کوشِش کران۔ اَمی کِنہِ چھُنہٕ سُہ ہیرو بنان بلکہ چھُ سورُے کینٛہہ اَندرِی وۄندس مَنٛز سَروٚ پراوان تہٕ نفسیاتی اعتبارٕ مریض بنان۔ اَفسانہٕ نِگارٕ سٕنٛز حقیقت نِگٲری چھِنہٕ مثٲلی کردارس زَنٛم دِیُن یژھان۔ سُہ چھُ سماجی تہٕ سیاسی ادارن پیٚٹھ نَظر تراوان تہٕ یوٚدوَے کردارٕ ہنٛدِس پھیکِس سیٚتی پھیوٗک رلاوِتھ تٔمی ہٕنٛز نفسیاتھ زانٛنٕچ کوشِش تہٕ کران چھُ تہٕ کٔرِتھ تہٕ چھےٚ تٔمی ہٕنٛز نَظر زیادٕ پٔہن سماجَس تہٕ اَمہِ کِن ادارن پیٚٹھے یِمَن سُہ فردٕ ہٕنٛدِ ین مسلن ہُنٛد ذمہ دار زانان چھُ۔

لوٗنَ ہٕنٛدِ ین افسانَن ہنٛد داخلی گرتھ چھُنہٕ پلاٹس پیٚٹھ زیادٕ دٔرِتھ۔ کینٛژن افسانَن مَنٛز چھُنہٕ پلاٹٕچ سوٚ شِکلے نَظر گژھان یَمیُک تصوٗر رِوایتی افسانَن مَنٛز میلان چھُ۔ یِمَن افسانَن مَنٛز چھِ کینٛہہ تِم یِم زیادٕ تر مکالمس پیٚٹھ دٔرِتھ چھِ تہٕ کینٛہہ چھِ

راوی ہِنٛدِس بیانَس پیٹھ استوارِیُس دٲخلی خود کلٲمی ہتھٕ سوٗرتھ مَنٛز برقرار کٔرتھ
پِوان چھُ۔ "شُنٛز" افسانہٕ چھُ واقعہٕ لبغآر۔ راوی شُند زخمی گژھتھ ہسپتالس مَنٛز
ڈاکٹرس سِتی مکالمہ چھُنہٕ واقعہٕ بنان۔ یہٕ سوٗرُے افسانہٕ چھُ راوی ہِنٛدِس بیانَس
پیٹھے منحصر یتھ نہٕ کانٛہہ واقعاتی ڈٔکھ چھُ۔ اَمی کِنۍ چھُ رتن لال شانت اَتھ متعلق
لیکھان:

"افسانہٕ نِگار یہٕ کینٛژھا بیان دِوان چھُ سُہ چھُ محض بیان
تہٕ ازیُک پَرَن وول کَرِ نہٕ صرف بیانَس پیٹھے پَژھ تہٕ لیکن
واَل ہِنٛدِ وَنَنہٕ سِتی مانہٕ نہٕ ژٕلس کیاہ چھُ دِماغس مَنٛز
وے کیوم"۔

افسانُک بُنیادی عنصر تہٕ لُب لباب چھُ واقعہٕ تہٕ اَمیُک بیان۔ یِتھ افسانس مَنٛز نہٕ واقعہ
یا کہانی آسِہ سُہ ہیکِہ اِلسے آسِتھ، بیہ کانٛہہ تحریر آسِتھ مگر افسانہٕ ہیکہ نہٕ آسِتھ۔ پَزر
چھُ یہٕ ژٕ کاشرِس مَنٛز سِپدی کینٛہہ تِتھی تجربہ تہٕ یموکِنۍ پلاٹ، کردار تہٕ کہانی نِشہ
گریز کرنُک رجحان پاد گوو۔ یتھین افسانَن چھُنے تِلی صنفہٕ لحاظٕ کانٛہہ اہمیت یِیلہ
کانٛہہ نہٕ کانٛہہ عنصر افسانہٕ کِن دُوہمین عنصرن ہُنٛز کمی پوٗر ہیکہ کٔرتھ۔ "شُنٛز" افسانس
مَنٛز چھ اَمکہ بے پلاٹ آسنہٕ باوجود یہ خوٗصوٗصیت موجود۔ یِتھے ہیوٗ بیاکھ افسانہٕ چھُ
"مَدن سُر تہٕ منوشُن"۔ افسانہٕ چھُ صرف دفترس مَنٛز دُلی ہِنٛدِس رِد خصتھ منگنس
تہٕ اَتھ اُکِس لمحس دوران مرکزی کردارس اَندر پاد گامتس رِدعملس پیٹھ مبنی۔ دُلی
ہِنٛدِن دون ڈاین جُملَن دَرمیان چھُ مرکزی کردار خود کلٲمی ہِنٛدِس صورتس مَنٛز امس
سِتی کتھ کران۔ سوٗرُے افسانہٕ چھُ اَتھی خود کلٲمی پیٹھ مبنی مگر اَتھ مَنٛز چھُ پلاٹ
تہٕ، کردار تہٕ، مکالمہٕ تہٕ تاثر چھ سوٗ وحدت تہٕ یوسہ افسانہٕ خاطر ضروری چھے۔

کاشرِس منز چھُ یہ افسانہٕ شاید ہیٔیتہٕ رنگی پننہٕ قسمک گوڈنیُک افسانہٕ۔ یُتھےٚ ہیو افسانہٕ چھُ "پاپی پجاریوں کی سنتان" یُس دوٚن کردارن ہندِس مکالمس پیٹھے ڈٔرِتھ چھُ۔ کُنہٕ تہٕ جایہ چھُنہٕ راوی نظرِ گژھان۔ اَتھ ڈرامائی تیکنیکہِ منز چھےٚ کردارن ہُنز خود کلامی تہٕ ظاہر سپدان۔ "تم سب میرے ہو" افسانٕچ تیکنیک تہٕ چھِ زبر یتھ منز راوی ترٚین الگ الگ منظرن منز مرکزی کردارٕ سٕنز کہانی پیش چھُ کران۔ اَمہِ علاوٕ چھِ "لوکچہٕ بجہٕ کتھ" افسانس منز تہٕ تیٚتھُے تیکنیکی تجربہٕ میلان یُس کاشرِس منز گوڈنیُک تجربہٕ چھُ۔ دوٚن چِٹھین، ترٚین ڈائیلاگن تہٕ ڈائری ہنٛدٚن دوٚن صفن پیٹھ مشتمل اَتھ افسانس منز چھُ افسانہٕ نگارن الگ الگ ہیٔتن کُنہٕ کٔرِتھ اکھ واحد ہیٔیتھ بناوٕمٕژ۔ افسانک خارجی ساخت چھُ یمن مختلف ہیٔتن منز:-

- ڈائری ہُند اکھ ورق
- جیٚمہِ پیٹھ راوی سُندِ ناوٕ سیٹھی سُند خط
- ریڈیو پیٹھ اَکِس "مجاہد" سُند انٹرویو
- ریڈیو پیٹھ اکھ خبر
- دفتر نیرنس پیٹھ گرٚ کھاندارٕ نہٕ سُند تشویش
- ریڈیوکس دفترس منز پرانس سٍتی اکھ ڈائیلاگ
- دفترس منز صبحس سٍتی اکھ کتھ باتھ
- سیٹھی سٕنزِ چِٹھ ہُند جواب
- ڈائری ہُند اکھ وَرق

یم چھےٚ الگ الگ ہیٔتہٕ مگر موضوع رنگی تہٕ افسانہٕ نگارٕ سٕنزِ تخلیقی ورتاوٕ کِنۍ چھِ اَکی سے ہیٔتہٕ منز تبدیل گامٕژ تہٕ وحدت تو ثرتہٕ چھُ قایم روزان

لون صاَب نِہن افسانٕن ہُند اَکھ بوٚڈ تہٕ غالٕب عنصر چھہ مکالمہٕ۔ یہٕ چھُ تمٔی ہٕنٛدِ ن افسانٕن ہٕنٛز تیکنیکی بنیاد۔ کینٛہہ افسانہٕ چھِ محض مکالمس پیٹھے مبنی تہٕ راٰوی ہُنٛد بیان چھُنہٕ کُنی۔ کینٛژن منٛز چھُ مکالمےٚ افسانٕس زیادٕ شوٗب بخشان۔ مثلاً "موچھوں والی گڑیا" (اردو) افسانٕس منٛز۔ اَمِکی مکالمہٕ چھِ موختصر، معنی خیز تہٕ کِردارن حسبِ حال.

ہم بھی کھیلیں گے

نہیں پپا بُری بات ہے

کیوں بُری بات ہے ؟

ممی کہہ رہی تھیں — بتاؤں پپا ؟

ہاں ہاں !

کہہ رہی تھیں، پپا کھلونے بناتے ہیں، ان سے کھیلتے نہیں۔

اچھا یہ بات ؟

ہاں پپا۔

پھر اس سے کھیلتا کون ہے ؟

ممی کھیلتی ہیں، آپا جان کھیلتی ہیں، میں کھیلتی ہوں۔

اور اگر میں بھی کھیلوں تو ؟

تو بُری بات

وہ کیوں ؟

ممّی کہہ رہی تھیں، بنانے والا کھیلتا نہیں، بس بناتا ہے۔

ماٰلِس تہٕ لوکٕچہِ کورِ درمیان یہِتھ مکالمہٕ چھِ اتھ افسانٕس دلچسپ تہٕ بناوان تہٕ غاٰرٕ محسوس اندازس منٛز وارِہٕن کُنٛتن ہنٛز باوتھ تہٕ کران۔ بیاکھ اَکھ مثال چھہ "لوکٕچہ بچہٕ کُنٛتھ"

افسانہٕ - جنگہٕ کِس پوٚت منظرس منٛز چھ راٰوی تہٕ تمیٚ ہٕسندِس افسرس درمیان
یہِ مکالمہ پرُن لایق :-

بُوزِو کیٚنہہ ؟

اَہَن مہرا ، دپال آسی لاہور سپُد ختم۔

اوہ گاڈ !

" توٚہی کیازِ مہرا کھوٗژِو زَن ؟ "

" لون جی گوٚو کیاہ اَسہِ ۔ اَسہِ کرِ پیہِ عقل ؟ "

" زانہِ خوٚدا کر "

" ژِ چھک نا نماز پَران "۔

" وارِیاہ کال ووتُم مہرا پَرِنِسے "۔

" تَلہٕ ساأز پرٕ تہٕ میانہِ باپتھ ۔ مَنگ تہٕ خوٚدایس زِ جنگ گوٚژھ گژھن بَنٛد "

" میانہِ مَنگنہٕ سٟتی مہرا کیاہ بَنِہ ؟ "

" دِلہٕ بَنِس کیٚنہہ . . . . . . "

لون صاٰب نِہِن افسانَن منٛز چھُ مکالمک زور تمیٚ ہٕسنٛز ڈراما لگاٰری ہُنٛد نتیجہ ۔ تمیٚ
ہٕسندِن افسانَن منٛز چھ ہِتی وے مکالموٚ سٟتی ڈراماٰیی کیفیت ووتلان تہٕ افسانَس
تہٕ ڈراماہس درمیان چھُ کُنہٕ کُنہٕ جایہِ بٔڈ کم فاصلہ روزان۔

کاشرِس تہٕ کٔشیرِ ہٕندِس اردو افسانَس ییٚم افسانہٕ لگارو موضوعی تہٕ ہیٔتی تجربو
زٕنگی ہُرہر کوٚر تِمن منٛز چھُ علی محمد لون شاٰمِل یوٚد وَے افسانہٕ لگاٰری تمیٚ ہٕسنٛد
بنیاٰدی ماٰدان چھُنہٕ ۔ لون صاٰب اگرچہ ییٚمن زیادٕ توجہ ڈراما لگاٰری کُن دِیہِ ہے
تمِس آسہِ ہے افسانہٕ لگاٰری منٛز وارِیاہ بوٚڈ ناوِیُس تمیٚ ڈراما لگاٰری منٛز پرود۔

علی محمد لون ہنز تخلیقی شخصیت آس جہتہٕ رل۔ افسانو تہٕ ڈرامہو علاوٕ لیچھ تمی زٕ ناولہٕ تہٕ۔ اکھ کأشرس منز تہٕ بیاکھ اردوہس منز۔ یوتام کأشرٕ ناولہٕ ہنٛد تعلق چھُ یہِ چھےٚ کأشرس منز امہ صنفہٕ ہنز وٕ پژھیہ کنہِ لون سُنٛد اکھ ڈیُت۔ ۱۹۷۶ عیسوی یس منز ییوکھ اوتارکرشن رہبرن پننس اکس مضمونس (کأشر ناول: مطبوعہ سون ادب ۱۹۷۶) منز زٕ "کأشرِ زبأنی منز چھُ ناولہٕ ہنٛد وجوٗد نہٕ آسنس برابر یہ چھُ اکھ سہ احساس یُس کأشرس ادبس سام ہینہٕ پتہٕ یکدم سُنٛتھ گرٛھان چھُ[۱] اَز اکہٕ دُہہ وٕری گزرٕنہٕ پتہٕ تہٕ چھُ یہِ بیان اکھ ترٛٹھ حقیقت یتھ کأشر ادبُک اکھ عام پرٛن وول تہٕ محسوس کران چھُ۔ اَتھ دوران آیہٕ بیٚیتہٕ اوٚنگجہٕ ٹینٛڈ بن پیٹھ گنٛزرنس لایق زٕ ے ترٛے ناولہٕ لیکھنہٕ۔ اَمکی وجوہات ہکن وارِیاہ آسِتھ مگر بنیأدی وجہ چھُ شاید یوٗہے زِ کأشرس منز گیہٕ نثرٕچ تٕوأریخ شاعری مقابلہٕ وارِیاہ کال پتہٕ شروع۔ اَمہِ علاوٕ ووٚتھ انگریزی یا اردوہس مقابلہٕ بیٚیتہٕ ناولہٕ برٛونٛہہ افسانہٕ لِگأری وٕس۔ یَیلہٕ زن مذکورٕ دوٚن زبانن منز آیہ گوڈٕ ناول بارسس تہٕ اَمِچ اکھ باضابطہٕ رِوایت قأیم سپدنہٕ پتہٕ گیہٕ افسانہٕ لِگأری شروع۔ کأشرس ادبس یوٚسہ ریڈرٕ شِپچ وٕ بٕرٛہے چھےٚ سوٚ تہٕ چھےٚ ناولہٕ ہنز وٕ پژھیہ ہُنٛد اکھ وجہ۔ شأعری ہنٛزِ پرٛن وأنی ٹیمیک سبب یہِ چھُ زِ اَتھ آس بوزنٕچ اکھ بٔڈ تہٕ مضبوط رِوایت ڈٔکھ۔ یعنے لیکھی یتہٕ حرفہٕ برٛونٛہہ روٗد شعر نٹہٕ تہٕ تارٕ ہنٛد توشہٕ لوکن ہنٛدی کن مُدراوان۔ نثرٕک معاملہٕ چھُ اَتھ مقابلہٕ وکھر۔ اَدیب اگر ہے ناول لیکھہٕ ہے تہٕ پٕرہے کُس۔ البتہٕ افسانہٕ ہیوٚک پننہٕ ایجاز تہٕ اختصارٕچہ خصوصیژ کنہِ پرٛن والین ہنٛد حلقہٕ بنأدتھ۔ پیٹھ آیہ کأشرس منز ناول تمہٕ وزٕ بارسس

---

۱ سون ادب (کأشر زبان تہٕ ادب) ۱۹۷۶ ص ۲۰۹

یٔیلہِ کینژن بٔین زبانَن مثالے اردوٕس مَنز سٔنجیدٕ ناول لیکھنک رِواج تقریباً نابوٗد ہیوٚتن گژھن۔ تہٕ موجوٗدٕ دورچہِ تیز رفتاری تھوٚو نہٕ طویل منفن وٕنہ تلنس وارٕے۔ پہٕ چھہِ اکھ الگ کتھ زِ کینژن ترقی یافتہٕ زبانن مَنز چھےٚ اَز تہِ ناولہٕ بٔڈ سنجیدگی سان لیکھنہٕ یِوان تہٕ ممکن چھُ یمَن زبانَن مَنز امہِ صنفہِ ہٕنز مضبوٗط تہٕ مُستحکم رِوایت آسہِ اَمیُک وجہ۔

بہر حال وجہ کیاہ تہٕ آسی تَن پہٕ کتھ چھہٕ ٹاکارٕ زِ کأشرس مَنز چھہٕ ناولہٕ ہٕنز وٕہرٕ سے۔ یہِ صوٗرتہٕ حال چھُنہٕ کأشرِ ناولہٕ ہُنڈٕے یوت بلکہِ چھُ کٔشیرِ ہٕنز اردو ناولہِ تہٕ بیہِے وَنن گأمژ۔ ہرگاہ محمد دین فوق ہٕنڈہِ پیٹھ جان محمد آزادس تام وارٕیہو اُدیبوٚ اَتھ صنفہِ کُن توجہ دِیُت تہٕ حامدی کاشمیری، نور شاہ، تیج بہادر بھان تہٕ شبنم قیوم ہِوِہو اُدیبو اردوٕس مَنز ناولہٕ لیٖچھ تہٕ کرٕتھ تہٕ پھانچلے پہٕ نہٕ کٔشیرِ مَنز اردو ناول یٔیلہِ زٕن برصغیرس مَنز ناولہِ ہٕنڈِ سَرمایُک اکھ بوٚڈ خزانہٕ فنی اگرٕ زنگی اَتھ میسر اوس۔

کتابہٕ چھےٚ وَنان زِ کأشرِ ناولہٕ ہٕنڈ آغاز کریوٚو پروفیسر سری کنٹھ توشخانی زٕ "ژٕکرٕ پھیر" (لیلا) ناولہٕ سٕنی ۱۹۲۲ عیسوی لیٖس مَنز۔ اَمہِ ناولہٕ ہٕنڈی زٕے ژورٕے قسط چھےٚ پہٕ لاہور کِس اردو رسالہِ بہارِ کشمیرس مَنز زِ اخبارٕے گوٚو بند تہٕ اَتھ ناولہِ تہٕ لوٗگ اَتہِ تھوٚپ۔ [۱] یوٚہے وکانہٕ گوٚو حبیب کامرانہٕ "ذاتِ بٔرات" ناولہِ تہٕ یٔیمیُک اکھ باب جولائی ۱۹۵۵ ارٕکِس "کوٚنگہٕ پوٚش" رسالس مَنز شایع سپُد۔ کامران صأبَن خبر کیازٕ ہیوٚت اَدبی محفلو تہٕ اِشاعتی ادارو نِشہٕ لوٚب یٔیمہِ

---

[۱] سون ادب ۱۹۷۶ء ص ۳۱۲ (مضمون کأشرِ ناول: اوتار کرشن رہبر)

کرٕنہٕ یہٕ ناول مکمل صوٗرتس مَنٛز پرن والین تام واتنٕہ[1] ییتھ پاٹھی چھُ کاشرس مَنٛز ناولہٕ ہُنٛد باقاعدٕ آغازک سَنہٕ ۱۹۵۷ عیسوی یَتھ منٛز اخترمی الدین ہنٛز ناول " دود تہٕ دَگ " چھاپ سپٕز۔ اَمہٕ پتہٕ لیٖچھ امین کاملن قبآیلی حملہٕ کِس پوٚت منظرس مَنٛز انسآنی رواداری تہٕ فرقہ وارانہٕ ہم آہنگی ہنٛدِس موضوعس پیٹھ پننٕ ناول " گٹہٕ مَنٛز گاش "۔ علی محمد لون چھُ کاشرِس مَنٛز ترٕیےیُم سُہ اَدیب یٚمی ناولہٕ ہنٛز صنفہٕ کُن توجہ دِیُت تہٕ تمیٚ ہنٛز ناول " اَسی تہٕ چھِہ انسان " چھےٚ گوڈنِکَن ترٕہن کاشرِن ناولن مَنٛز شمار۔ یِم ترٕیشوے ناولہٕ چھےٚ کاشرِس اَدبس مَنٛز پَننہٕ نوٚعیتہٕ ہنٛدی گوڈنِکی تجربہٕ لہٰذا چھُنہٕ ناولہٕ ہندِ یو عالمی نموٗنو تہٕ معیارو کِنہٕ یِم ناولہٕ پرکھاونہٕ جان۔ تہٕ کُرِتھ تہٕ چھُ یِمَن مَنٛز اَکھ نَتہٕ بیاکھ پہلو تھکَن لایق۔

" اَسی تہٕ چھِہ انسان " گیہٕ ۱۹۵۹ عیسوی یَس مَنٛز شایع۔ اَمہٕ ناولہٕ ہُنٛد سوٗرُے پوٚت منظر چھُ پہلگام پیٹھہٕ امرناتھ گوپھایہٕ تام یاترایہٕ ہُنٛد۔ امرناتھ گوپھا چھےٚ ہیٚندیٚن ہنٛز یوٗترٕ تہٕ مُقدس گوپھا یٚمیُک درشُن کرنہٕ خاطرٕ طرفاتو پیٹھہٕ ییٚترِ تہٕ پرٕتھِ وآلی کُشیرِ یِوان چھِہ۔ پہلگام پیٹھہٕ چھِہ اَتھ گوپھایہٕ تامَت اَکھ زٕہیٹھ تہٕ کرٕہیٹھ وَتھ یوٚسہٕ بالوٚ، بَٹھو، مَرگوٚ تہٕ ناوٚکِنہٕ پیدل طے چھےٚ یِوان کرنہٕ۔ اَلبتہٕ چھِہ کینٛہہٕ لوٗکھ گُرٕ ین، ڈانجن تہٕ پالہٕ کِن ہُنٛد انتظام کرِتھ سفرٕکی مُشکلات پَننہٕ باپتھ آسان بناوان۔ یاترایہٕ ہُنٛد یہٕ منظر چھُ وُچھنَس لایق آسان۔ خوٚش یوٗن اوٚند پوٚکھ، فرحت بخشن وآلی منظر، گوپھایہٕ ہُنٛد بجرٕ تہٕ تھزر، یاتری یَن ہنٛز روحآنی ترٕیش تہٕ یہٕ ترٕیش ہمرادنہٕ خآطرٕ گُڈری تہٕ کرٕہیٹھی مرحلہٕ طے کرنُک حوصلہٕ ہرٕ ہرٕ مہادیوک

---

[1] کامران صآبنٕ پھٹراوٗ واریاہہٕ کآلی پَننہٕ خاموشی تہٕ ۱۹۹۶ عیسوی یَس منٛز گُرن افسانَن ہنٛز سوٚمبرن ' آدلی بانہٕ ' چھاپ

گرٕ ہزٕ وٕنۍ نعٕر، مَرد، زنانہٕ، جوان، بُڈۍ، صحت مند تہٕ لاغر، اَرِی تہٕ اَڈٕ ہیکی۔
تہٕ یمَن سٕتی سیتی مرکبان تہٕ مۆزوٗر، ڈانجہٕ تہٕ گُرۍ، پالکہٕ تہٕ چھولہٕ دارٕ ــــــ یہ
سورُے منظر بنیتہٕ تقلبس روحانی سکون واتناوان تہٕ اِنسان ہنٛدٕ عزٕپچھ تہٕ حوصلچ
زِندٕ مثال برٛونٛہہ کُنٛ انان چھُ تتہٕ چھُ اِنسانَن تہٕ اِنسانَن درمیان کینژٕ وجوٗہاتو
کِنۍ پاہٕ گامٕژ تفاوُژ ہنٛدٕ احساس تہٕ گژھی راوان ۔علی محمد لون ہنٛزِ امہٕ ناولہٕ ہنٛد
موضوع تہٕ چھُ ژٕکہٕ یوٗہے تفاوتھ یمیک مُظاہرٕ خود ناولہٕ ہنٛدٕ عنوانہٕ سیتی سپدان
چھُ۔" اَسی تہٕ چھہ اِنسان" چھُ تمن مرکبانَن، ڈانجہٕ مۆزوٗرَن تہٕ نکھی بور سارَن والین
ہنٛدٕ آلو تہٕ فریاد یمٕ یاتری ین گو ہپایہٕ تامَت واتناوٕنَس پیٹھ اَکہٕ نہٕ بیٚیہٕ رنگہٕ مجبوٗر
چھِ، یِمہٕنٛزٕ لتَن ہنٛد ماز وتَن لاران چھُ، یِمہٕنٛدِس آرَس تہٕ خوٚلِس گنٛے گرٛھان
چھُ تہٕ یِمَن بالَن کھٔسی کھٔسی تہٕ یاترۍ نِکھس کھٲلی کھٲلی کمر دۆگن گرٛھان چھُ تہٕ سارے
توٗژھ چھک سوران۔ بنیادی سوال چھُ یوٗہے زِ یمٕ چھا بُڈی اِنسان کِنہٕ تِم یِم یِمہٕنٛدِ
پھِنیکن پیٹھ سوار گرٛھت بھگوانَس منت تھاونہٕ گرٛھان چھِ۔

امہٕ ناولہٕ ہنٛد موضوع چھُ بَڈٕ اہم تہٕ پنٛنہٕ نوعیژٕ ہنٛد اَکھ نوٚو موضوع تہٕ
ناوٕل نِگارن چھےٚ کوٗشش کٔرمٕژ زِ یہ گوٗژھ فطری تہٕ غاٚر محسوس طریقَس منٛز یِرن
والین تام تتھ کِنۍ واتُن یتھٕ تِم مظلوم لوٗکن ہنٛدِ سوالک پانہٕ جواب ژھانڈٕ ہَن۔
ناولہٕ ہنٛد یوٗہے انداز چھُ کینژَن اَدیبن ہنٛدِ تنقیدُک ہدف بنیومُت تہٕ محی الدین
حاجنی، اوتار کرشن رہبر، شفیع شوق تہٕ بیٚیہٕ کینژٕ نقادَو چھُ اَتھ ناولہٕ محض اَکھ
رپورتاژ یا سفر نامہٕ وَنمُت۔ یہ چھُ پزر زِ امہٕ ناولہٕ ہنٛز ٹیکنیک چھےٚ ناولہٕ ہنٛزِ
عام ٹیکنیکو نِشہٕ مختلف۔ الگ الگ منظر، الگ الگ واقعہٕ تہٕ ہِہنٛز جزئیات چھےٚ بظاہر
اَکھ نامیاتی کُل یا وحدت بنان تہٕ پیٚٹھی مِس ستوٗتھرِس پیٹھ چھُ یہ اَکھ سفر نامہٕ یاوٗنی توس

پہلگام پیٹھ امرناتھ گوٚ پھاپہِ تام یاترایہِ ہنٛز اکھ ڈاکومینٹری باسان۔ تاہم پزٕ یہ کتھ ماننۍ زِ ناولہِ منٛز چھےٚ مختلف تکنیکی تجربہٕ کرنٕچ گنجایش موجوٗد تہٕ مختلف زبانَن منٛز چھِ ییتھی تجربہٕ کرنہٕ آمتی۔ اردوہس منٛز چھےٚ کرشن چندر ہنٛز ناول "میری یادوں کے چنار" یا اُمی سُنٛدٕے افسانہٕ "دو فرلانگ لمبی سڑک" برٛونٛہہ کُنیٚ مثال۔ یمن منٛز چھِ مختلف واقعہٕ یمن پانہٕ وٲنٛز بظاہر کانٛہہ تہٕ واٹھ چھُنہٕ، تیکنیکہٕ تہٕ موضوع رٕنٛگی کٕنٛس ینٛس تارٕ تھ واحد تخلیقہٕ ہنٛدِس صوٗرتس منٛز پیش کرنہٕ آمتی۔ علی محمد لون سُنٛد افسانہٕ "لوکچہِ بجہِ کتھ" تہٕ چھُ ییتھےٚ تیکنیکی تجربہٕ۔ لہٰذا چھُنہٕ یہ شاید مناسب زِ "اُسی تہٕ چھِ انسان" ناولہِ وَنَو اُسی تکنیک وکھر آسنہٕ سببہٕ اکھ رپورتاژ یا سفرنامہ۔ پرٕ ہیتھ کانٛہہ موضوع یا تجربہٕ چھُ اکہِ خاص موادٕ رٕنٛگی پانہٕ پننی ہیٔت ہیتھ یوان۔

"اُسی تہٕ چھِ انسان" ناولہِ ہُنٛد سورُے مواد چھُ اکہِ سفرکُ تہٕ سفر کرن والین یاتری ین، مزدوٗرن تہٕ گُرِین ہُنٛد۔ قدرتی کتھاہ چھِ زِ یہ خاص موضوع ییہِ ہےٚ پتہٕ بہٕ خاص موادٕ رٕنٛگی اُتھی صورژ منٛز ییتھ منٛز یہ آمُت چھُ تہٕ سفرٕچ روٗداد آس ناگزیر۔ یوہےٚ وجہ چھُ زِ ناولہِ ہُنٛد پلاٹ چھُنہٕ ہیتھ کُنہِ کُستھ ییتھ کُنہِ ناول نِگاری ہنٛدِ مُروجہ اصولو مطابق آسُن گوژھہ۔ اوتار کرشن رہبر چھُ ناولہِ ہنٛدِس پلاٹس غار مسلسل تہٕ ڈھیول وٕنِتھ لیکھان:

"اَمِنکُ تھیم چھُنہٕ شروع پیٹھےٚ ہیتھ پاٹھی وُبران تہٕ ہنہٕ ہنہٕ کا ڈکڈان ییتھ پاٹھی سپدُن گوژھہ۔ ناول نگار ہنٛز نظر چھےٚ سفرس کُن زیادٕ روزِ مژ۔ سہ چھُ سفرنامچہ مختلف لنجہٕ تہٕ جزی یاتھ وہرٛاولس کُن زیادٕ لگان تہٕ اصل تھیم چھُ بلہٕ زیرٕ دبراونٕ"[1]

۱۔ سون ادب ۱۹۷۶ء (مضمون کاشُر ناول) ص ۳۲۹

تھیم چھُنہٕ کانٛہہ تیتھ چیز اہ زِ یہ ییہ ناولہٕ ہنٛدِس شروعس منٛزٕ رے اُتھ ژٕنٛتھ ہاوِنہٕ۔ یہ چھُ کلُہم تخلیقی فن پارٕ پٔرِ تھی برونٛہہ کُن یِوان۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ ناول نگارن موضوع ژٕینہٕ ناوِنُک غارمحسوس طریقہٕ وَرتاوُمُت ناولہٕ مَنٛز چھہ جَستہٕ جَستہٕ تَم واقعہٕ پیش کرنہٕ آمتی یِم ناولہٕ ہنٛدِس تھیمس کُن اشارٕ کران چھہ۔

"اُسی تہٕ چھہِ اِنسان" ناولہٕ منٛز چھُ بےٚ شمار یاتری یِن ہنٛد سفریُک کینٛٹرو ٗبنیاٗدی کردارو تہٕ رٲوی ہٕنٛد دٔسی۔ برونٛہہ کُن یِوان چھُ۔ یِم بنیاٗدی کردار چھہِ لطیفؔ، پران، کیدارؔ تہٕ کینٛہہ ڈاکجہٕ مۆزوٗر۔ لطیف چھُ اَکھ حساس لِکھاری۔ سُہ چھُ یاتری یِن تہٕ مۆزوٗرن علاوٕ سفرِچہٕ تہٕ فطرتچہٕ رنٛگارنٛگی ہُنٛد مطالہ کرُن یژھان تہٕ اُمی ہُنٛد سوچ تہٕ ردِعمل چھُ مختلف واقعہن منٛز ربط پاٗدٕ کرنُک بُنیاٗدی ذٔرِیہ۔ پران تہٕ کیدار چھہِ اُمی ہٕنٛدی دوست تہٕ الگ الگ مزاج تھاوِنہٕ باوجود چھہِ یِم ترٛینٛوے اَکھ ہِشرُک پےٚ دِوان۔ ڈاکجہٕ مۆزوٗرن منٛز چھُ سام چینٛچہٕ زیادٕ اہم کردار۔ سام چینٛچس چھُ ۴۸، کس جنٛگس منٛز کُن نیٛچوٗ مارٕ سٕپدِمُت تہٕ اُمی ہنٛز اَکھ کورٕ رٔژ چھےٚ سام چینٛچنٛ سرمایہ تہٕ اُچھن ہُنٛد گاش۔ اُمی ہےٚ کورِ ہنٛدِ باپتھ چھُ سُہ بُجرس منٛز تہٕ محنت مۆزوری کران تہٕ تاپہٕ کرایہ کیٛو روٗدٕ ترٛژٕ ژٲلتھ زیٹھی تہٕ کرٕٹھی بال ژھنٛڈان۔ سُہ چھُ تمَن بہن[۱۲] مۆزوٗرن منٛز شامل یِم اُکس کرٛینہس تہٕ وٕنٛٹھس پوٚٹھس سیٹھس پالکہٕ منٛز گوبھایہ کُن ہِکہٕ ناوان چھہ۔ سام چینٛچس چھُ ہٕٹہٕ بُستو سیٛتی کھورن پاکھ گومُت۔ سُہ چھُنہٕ سیٛود قدم تہٕ ہیکان کڑتھ۔ تٔمِس ہنٛز حالتھ چھےٚ ساریے توٗژھ سوٗرٕے ہرٕ مگر پالکہٕ نِکھ دِلنٕ چھس نہٕ چارٕے۔ تمہِ سنٛز حالتھ وُچھتھ چھُ سیٹھ مۆزوٗرن برونٛہہ پکنس ٹھاک کران تہٕ دٔنان زِ دوٚنی گژھنہٕ بہٕ گوبھایہ ہُنٛد درشُن کرُن۔ توٚہی نیٛسوٗن یٔہی دٔمہٕ سام چینٛچہٕ پالکہٕ منٛز پہلگام

واپس۔ سیٹھ ہُنڈ یہ غار متوقع رُوی یہ چھُ سارِنے موٗزوٗرن ہارتِس لایان زِ یُتھ ہیوٗ ظالِم تہٕ جابر کیتھ کٔنۍ ہیکہِ اکِس آنس منٛز یوٗتاہ رحم دِل بٔنِتھ تہٕ کرِیہٕنِس یدِلس اَندر کیتھ ہیکہِ سُہ دِل آسِتھ یُس ماری موٗند تہٕ لوٗبہ وُن آسہِ۔ سیٹھ چھُ سام چینچس پانہٕ پالکہِ منٛز بیٚہہ ناوان، پننۍ قیمتی شال تمِس پیٹھ تراوان تہٕ تمو نظرٕ ورہ خصتھ کران یِموٗ منٛز اعتراف گوٗ نہٕ پرٛیڈان چھُ۔ تمۍ ہٕنٛدِس تٔھِس چھُ سُہ نوٗر زَن پشیمان یُس تس یاترِس نصیب سپدان آسہِ یمِس یہ خوشخبری آسہِ دِنہٕ آمٕژ زِ چانۍ یاترا گٔیہِ سپھل۔ یوٗہے چھُ سُہ بنیادی لوٗکچہ یمِیم بشارت ناول نِگار دِنۍ یژھان چھُ تہٕ یہ چھُ اِنسانۍ جذبن ہُنٛد سُہ وساو یُس سارِنے کدوٗرٕژن ڈٔہِتھ چھُ نوان۔ سیٹھ ہٕنٛدِس ذہنِس منٛز یہ تبدیلی چھِنہٕ ہارتِس لایق۔ ناول نِگار چھُ یہ احساس دِوان زِ سیٹھس منٛز چھُ بہر حال سُہ اِنسان موجود یُس اَکۍ ہٕنٛدِس ضمیرِس بیدار کران چھُ۔ یہ چھُ بظاہر اکھ معمولی واقعہ مگر اَمہِ سٍتۍ چھُ ناولہِ منٛز وۄہ میزن تہٕ آشن ہُنٛد سُہ بوٚڈ پہلوٗ وۄبران یُس زِندگی ہٕنٛدِس کرِہٕٹِس تہٕ زہٕٹِس سفرِس خوشگوار تہٕ آسان کٔرِتھ ہیکہِ۔ یِتۍ چھُ ناول نِگار شُند یُتھ کیتھ پیٹھ ایمان تہٕ ظاہر سپدان زِ اِنسانیت موٗ یہ تہٕ اِنسانیت چھےٚ زِندٕ۔

سام چینچہِ چھُ اَمہِ ناولہِ ہُنٛد اہم کردار تہٕ فنکار لطیفس پتہٕ دوٚیمہ بنیادی کردار۔ یوٗہے چھُ لطیفس تِتھ تفاوُژ پیٹھ سوٗچنس تہٕ سٔرِس کُن مایِل کران یتھ کُن برٛونٹھے اِشار کرنہٕ آو۔ ناول نِگار شُند رٔوی یہ تہٕ چھُ سام چینچہِ منظوٗمیٚژ کُنۍ برٛونہہ کُن یِوان۔ چنانچہ لطیف، یُس کُنہِ حدس تام ناول نِگار ہنٛز شخصیژ ہُنٛد عکس چھُ، چھُ سام چینچس وُچھتھے سوٗنچان:

"یِژھ اَمِس، ژھانٛڈس، خیالَن منٛز وُچھ، کۄرتھ اَنس

گُڈِتھ، دِلَس مَنٛز سَنس، راز نِس گُڈِتھ، یہ چھُ کردار، اَکھ
زِندٕ کردار، اَہنٛز کتھ لیکھتھ بنکھ بوٚڈ فنکار، قَلمس یپی زلو،
خیالَن ییٚ پکھ، ڈٕڈکھ، تھزرس کُن لمکھ، موشوٗر گژھکھ۔"

لطیفنُ یہ سوٚنچ چھُ فنَس متعلق خوٚد ناول نِگارسُنٛد نوٚ قطے نظر وہ تلاوان۔ پزر
چھُ یہ زِ اَکھ بوٚڈ فنکار خصوصاً ناول نگار ہیکہِ تیٚلی وہتھ واتِھ کِ مَنٛزِل طے گرِتھ یِلہِ
سُہ مضبوٗط تہٕ مربوٗط پلاٹ سازی سیتی کردار سازی مَنٛز تہِ حدِ درجہٕ معروٗضی
رُوزی یہ پاہٕ ناوِ۔ یوٚدوَے لون صاٰبنِہ ییٚمہِ ناولہٕ ہنٛد پلاٹ تیوٗتاہ مضبوٗط تہٕ مربوٗط
چھُنہٕ تہٕ نہٕ چھُ کانٛہہ کردار ابتدا پیٹھٕ اِنتہاہس تام ناولہٕ ہنٛدِس منظرس پیٹھ چھاوِتھ
تہٕ کرِتھ تہِ چھُ مختلف کردارن ہنٛدِس باطنس مَنٛز وَسُن خصوصاً سام چینٛپنس وہندس
تہٕ تمی ہنٛدین خیالن ژھانڈ دِنی یا اَمیُک احساس، یتھ کتھ کُن اِشارٕ کران زِ
ناول نگار چھُ کردار نگاری ہنٛدِس فنَس تہٕ اَمہِ چہِ اہمیٚژ زبر پاٹھی واقف۔

یہ زَن برٛونہہ وَننہٕ آو "اَسی تہٕ چھِ اِنسان" ناوَل چھےٚ بظاہر امرناتھ
یاترایہِ ہنٛز روٗداد تہٕ ناول نِگارسُنٛد توجہ چھُنہٕ بظاہر کُنہِ مخصوٗص تھیمس پیٹھ مرکوز
باسان۔ تمی چھُ خیمَن، چھولہِ دارین، گرِین، موٚزوٗرن، یاتری ین، مرکبانَن، کھسہٕ
وٕنین بالَن تہٕ وَسہٕ وٕنن مرگَن، برٛزس مَنٛز وِہی بدلوین موسمَن، کریٚیھن تہٕ زیٚیھن
وَتن، کھینَن تہٕ کھراشَن، تہٕ تاپہٕ ژٔجن تہٕ ترسر گیٹہٕ کارَن زَن تہٕ تھزرِ پیٹھہٕ نظر ترآومٕژ
تہٕ یتھ کُنِ چھُن نہٕ کانٛہہ مخصوٗص منظر، واقعہٕ یا کردار فوکس کوٚرمُت۔ مگر پزر چھُ یہ زِ
اَتھ" دوٗر منظرس" پیٹھ چھےٚ ناول نگار سنٛز نظر تمَن جایَن ضروٗر ٹھہران یمَن جایَن
انسانی زندگی ہنٛزن مختلف حقیقتَن ہنٛز دوالن دوران صوٗرژ تمُس باسان چھےٚ۔
مختلف جُزیات چھینہٕ ناولہِ مَنٛز محض منظر نِگاری یا سجاوٹہٕ باپتھ ییٚش سینز ہیٚژ بلکہ چھُ

اَمہِ کہ وَساطتہٕ ناول نگار فِطرُژ ہٕندِس مآری مُنٛدِس جہانَس تہٕ اِنسان ہٕسنٛدی اَتھ بارسَس آمتِس دُنی ہیہِس درمیان اَکھ تضاد وۄتلاوان تہٕ یتھ پاٹھی اَکِس بٔڈِس تنوٗظرِس منٛز اِنسانَس تہٕ اِنسانَس درمیان اَکھ کرہٕٹھ تہٕ تلخ تفاوُتھ ژٕرینہٕ ناوان یوٚسہٕ مجبوٗری تہٕ بے بسی کِنہِ اِحتجاجہٕ بجایہِ فِرٕ یاہ چھ یہِ لَے بنان چھہٕ زِ "اَسی تہٕ چھہٕ اِنسان" !

"اَسی تہٕ چھہٕ اِنسان" ناولہٕ منٛز یُس سفر پیش کرنہٕ آمُت چھُ سُہ چھُ بپتی پیٹھہٕ تھزرَس کُن۔ یہِ تھزر چھُ امرناتھ گوٗہپایہِ ہٕندِ محلِ وٗقوع کِنہِ اَکھ جغرافیٲیی حقیقتھ آسی تھے یستی چھُ اَکھ روحانی تہٕ باطنی تھزر، اِنسان ہٕسنٛدِ عزمُک تہٕ حوصلُک تھزر، سُہ تھزر یتھ پیتہٕ وَتہٕ پیٹھہٕ اِنسان دَتہٕ وُچھان آو۔ یہِ تھزر پراونہٕ خٲطرٕ چھُ اِنسان کم کم جتن کران، تارکَن منٛز مارکہٕ لاگان، زوٗنہٕ پیٹھ خیمہٕ دِتھ مرِیخس کُن پلو کران۔ مگر یوٗز تھزر چھُ سُہ یتھ منٛز آسمانو پیٹھی وۄڈو کرنہٕ باوجوٗد اِنسانَس زمینَس ستی رِشتہٕ اِستوار روزَن، روحانی مُنٛزلَس واتنَس ستی ستی زندگی ہِنٛزن ٹھوس حقیقتَن ہٕنٛد اِدراک حاصل سپدِ تہٕ پالکہِ منٛز بہتھ سیٹھس آسن بیک وقت سام چینچنن کھورن ہِنٛز ہَٹہٕ بستہٕ تہٕ نظرِ تَل تہٕ امرناتھ گوٗہپایہِ ہٕنٛد بجر تہٕ۔

> "اِنسانَس آیہٕ بکھ۔ تمیٚ بناوی جہاز، سُہ چھُ زوٗنہٕ کھسنیچ سَکھر کران سُہ چھُ تارکَن منٛز مارکہٕ لاگہٕ نِکی سٔنٛز کران۔ سُہ چھُ پسو گھاٹی کھسان، امرناتھ چہِ گوٗہپہِ وَسان تہٕ موورتی برونٛٹھ کنہِ نمان۔ سکوٗن تہٕ شانتی لبان۔ مگر سام چینچنِ چھوکہِ لدکھور ؟"

یہِ بحث نظرِ تَل تھاوِتھ چھےٚ "اَسی تہٕ چھہٕ اِنسان" کاشرِس منٛز اَکھ غنیمت ناول، نہ

صرف ییٚمہٕ کیٚنٛز زٕ اَمیُک موضوع چھُ بوٗڈ بلکہِ ییٚمہٕ کیٚنٛز تہٕ زٕ کاٗشرِس مَنٛز
پھاپھلیے یہِ ہُنٛہ ناولہِ ہِنٛز صنف خاطرٕ خواہ حدس تام تہٕ اَمیُک سرمایہ چھُ بیٚٹھے کم
تہٕ قلیل۔ البتہٕ، لون صاٗبن یوسہٕ ناول اردو ہَس مَنٛز لیٛچھی سو چھُنہٕ موضوع تہٕ تخلیقی
ورتاوِ کیٚنٛز پیرزٕ اہ جان " شاہد ہے تیری آرزو " ناوٕ یہٕ ناول چھپیٚو یہٕ ۱۹۹۲ عیسوی لیَس
مَنٛزٕ۔ اَتھ میوٗل ۱۹٦۵ عیسوی لیَس مَنٛز ریاستی کلچرل اکیڈمی ہُنٛد ایوارڈ۔ یہ چھُ تمَن
دوہَن ہِنٛز یادگار ییٚلہِ لون صاٗب کیٚشرِ پیٹھٕ دِلہِ تبدیل کرنہٕ آو۔ وَنٛنہٕ چھُ یوان
زِ تمیٚ ہِنٛز تبدیلی آیہ تمہِ وقتہٕ کِس وزیرِ اعظم (جموں وکشمیر) بخشی غلام محمد سٕنٛز کمہِ
تام ناراضگی ہُنٛد نتیجہٕ۔ یہ ناول چھُ دِلہِ مَنٛز لون سٕنٛدِ ین تجربن تہٕ مشاہدن ہُنٛد
اظہار۔ اَتھ مَنٛز چھِ ترکمان گیٹس اَنٛدی پکھی روزَن والین غریب تہٕ پریشان حال
لُکن ہِنٛز زندگی دٲیراوِنٛچ کوشش کرنہٕ آمژ مگر یہ کوشش چھُنہٕ کامیاب قرار
دِنَس لایق۔ شاید اَمہِ کیٚنٛز زِ دِلہِ ہِنٛدِس ماحولس یا کُنہٕ تہٕ وٕہ پرٕ ماحولس تیوٗتاہ اَنٛزی
مَنٛزی گژھن چھُنہٕ کم وَقتس مَنٛز مُمکِنے زِ یہِ زان گژھہِ تخلیقی تجربَن مَنٛز داخِل
تہٕ کامیاب اِظہارُک رنگ رَٹہِ۔ اردو ہَس مَنٛز ناولہِ ہِنٛز شاندار تہٕ جاندار رِوایتھ
تہٕ موٗلُل سرمایہِ نظرِ تَل تھاوِتھ چھُنہٕ اَتھ ناولہِ مَنٛز تِژھ کانٛہہ خصوصیت درینٛٹھ
یوان یوسہٕ مُنفرِد تہٕ تھٲکنی لایق آسہٕ ہے۔ تاہم چھِ یہِ کتھ ہیری ہیری وَننٛہ
آمژ زِ لون سُنٛد اصل تہٕ بُنیادی ذیُت چھُ ڈرامہَس مَنٛز یتھ پیٹھ برونٛہ کُن
کتھ کرنہٕ ییہ۔ ؂



# ڈراما

کٲشِرِ منٛزٕ سنسکرت ڈرامہٕ پٮ۪ٹھ اکھ بٔڈ رِوایت آسنہٕ باوجوٗد چھُنہٕ کٲشرِ ڈرامہُک تٲریخ زیادٕ پرون۔ وَنہٕ چھُ ہیوان زِ یٔمہِ سرزمینہٕ پٮ۪ٹھ کالہٕ سنسکرت زبٲنۍ وارِیاہ موٗلۍ ڈراما دِتۍ ہٮ۪تۍ، مگر یم چھِ وَقتَن پانَس سٕتۍ نِمٕت تہٕ یُہُنٛد چھُ کُنہٕ کُنہٕ جایہٕ بس حوالہٕ میلان۔ سنسکرت ڈرامہٕ پٮ۪ٹھ یہٕ رِوایت چھِنہٕ کٲشرِس ڈرامہٕس تتھ کُنۍ بدس آمٕژ زِ اَمہِ پٮ۪ٹھ مضبوٗط بُنیاد بیٚہٕ ہیکہٕ ہے کٲشرِ ڈرامہٕ پٮ۪ٹھ تعمیر سپدِتھ۔ اَتھ برعکس چھُ کٲشرِس ڈرامہٕس لوک ناٹکن یعنے بھانٛڈٕ پاتھرَن ہُنٛدے ڈوٚکھ روٗدمُت تہٕ بھانٛڈٕ پاتھرَن چھُ پننُے اکھ مِزاج تہٕ طریقہٕ کار۔ اَتھ منٛزٕ چھِ وارِیاہس حدس تام وَنہٕ پٮ۪نٛژ تہٕ بوزنٕژ رِوایت درٕ ہیٛنٛتھی یِوان۔ کٲشرِس منٛز گوو ڈراما لیکھنُک آغاز ۱۹۲۵ عیسوی یَس منٛز یِیلہٕ نند لال کول صاٰبن ڈراما "سَتیچ کَہوٗٹ" لیوٚکھ۔ یہٕ ڈراما گوو سٹیج تہٕ۔ اَتھ پٮ۪ٹھ چھُ سنسکرت ڈرامہُک اَثر تہٕ تمہٕ وقتہٕ کِہن

پارسی تھیٹرکێن اُردو ڈرامہن ہُنْدْ اَثر تہٕ۔ مکالمہٕ چھِ شارن مَنٛز تہٕ کردار لگٲری
تہٕ چھیٚ سنسکرت ڈرامہن ہِش یِمَن مَنٛز سوٗتر دھار تہٕ متعارف گژھان چھِ۔ اَمہٕ
پَتہٕ چھُ قٲبلِ ذِکر ڈراما پروفیسر محی الدین حاجنی صٲبن گرٛیسی سُند گرٕ۔ یہ ڈراما آو
۱۹۴۸ عیسوی یِس مَنٛز لیکھنہٕ تہٕ پَتہٕ چھپیوو گُریز رِسالس مَنٛز قسط وار۔ یہ چھُ کٲشرِس
مَنٛز گوڈنیُک سمٲجی ڈراما۔ حاجنی صٲب چھِ اَتھ متعلق پانہٕ لیکھان زِ "شاید چھُ
کٲشرِس نٔٹرِس مَنٛز یہ گۄنٛیُ اَکھ سُہ عملی پاٹھر یتھ مَنٛز ہاونہٕ چھُ آمُت زِ کیتھہٕ کٕنۍ
چھِ بچارِس رزاق بٹس پَینٛہ زِٹھی تہٕ لیڈر، ساہوکار تہٕ چکدار، حکوٗمت تہٕ باہتے تھٕیل
شٲلی تارکھ ہاوی ہاوی وُنہٕ والان تہٕ نَنہٕ ژٔمہٕ سونتہٕ تہٕ ہَردٕ نیتھ ہیوان۔[1] کٲشرِ
ڈرامہٕکِس توارِیخس مَنٛز چھُ گرٛیسی سُند گرٕ اکھ سنہٕ میلہٕ کٕنۍ یِمہٕ پیٹھٕ اَتھ نوو
موڑ میلان چھُ تہٕ کٲشُر ڈراما چھُ مذہبی، توارِیخی تہٕ لولہٕ کتھہٕ وُننہٕ بجایہ پنٕنٮ اَوند
پوٚکھ پیش کران۔ تہٕ سیتی زندگی ہنٛزن ٹھوس تہٕ سنٛگین حقیقژن ہنٛز باوتھ کران۔
اَتھ دورس مَنٛز تہٕ اَمہٕ پَتہٕ آیہٕ بیٚییہٕ کینٛہہ ڈراما لیکھنہٕ یِمَن مَنٛز غلام نبی دِلسوز، نیل کنٹھ
شرما تہٕ پریم ناتھ پردیسی بیتر لِکھارِین ہِندی ڈراما شٲمِل چھِ۔ ۱۹۴۷ عیسوی یِس
مَنٛز پیوٚکھ کلچرل فرنٹ خاطرٕ "شہید شیروانی" پریم ناتھ پردیسی یَن لیس اَمی وُری یہ
سٹیج سپُدُ۔ قبٲیلی حملہٕ کِس ردِ عملس مَنٛز لیکھنہٕ آمٕتس اَتھ ڈرامہس مَنٛز آسی مکالمہٕ
جان مگر ووتاڈلی مَنٛز لیکھنہٕ کٕنۍ آس نہٕ اَتھ تیکنیکی تہٕ فنی پوٚختگی۔ یوٚہے چھُ سُہ
وقت یِیلہٕ ڈراما یتہٕ کلچرل تحریکہٕ ہُنْد اَکھ اہم حِصہٕ بناوُنٛچ کوشش سپٕنٛز۔
کلچرل فرنٹ کہ طرفہٕ آیہٕ جایہٕ جایہٕ لوکن ہنٛز زندگی تہٕ پہنٛدین مسلن متعلق لوکٕٹی موکٕٹی
ڈراما گنٛڈنہٕ۔ ۱۹۵۵ عیسوی یِس مَنٛز چلیے یہ حکوٗمت کہ طرفہٕ اَکھ تحریک یتھ اندر

[1] کٲشُر نثرِ کتاب (۱۹۶۱ء) ص ۱۳

لوکھ شہلابچہٕ تباہ کارٕ یہٕ تہٕ اَمہٕ کھٕن تدوٗرکَن متعلق خبردار کرنہٕ آے۔ اُدیبو تہٕ کوٗر
پٔننی پاٹھی اَتھ تحریکہٕ اَتھ رۄٹ تہٕ اَمکہٕ مقصد باپتھ آیہٕ کینٛہہ ڈراما تہٕ لیکھنہٕ یِم
جایہٕ جایہٕ پورٹیبل سٹیجن پیٹھ ہاونہٕ آیہٕ۔ یِمن ڈرامہن منٛز اوس نوٗد سمسار
(نور محمد روشن) لِگاہ چھُ گاش دار (امین کامل) تہٕ تَن تراخ (پُشکر بھان)
علاوٕ علی محمد لون سُند ڈراما "وِز چھِ ساٲنی تہٕ شامل۔ لون ہٕنٛزٕ ڈراما نِگارٕی
ہُنٛد باقایدٕ آغاز چھُ امی ڈراماہ ستی گژھان۔

یہٕ چھُ برٛونٛہہ وَننہٕ آمُت زِ افسانہٕ تہٕ ناولہٕ علاوٕ لیوٗکھ تمیٚ ڈراما تہٕ دۄن
زبانَن یعنے اردو تہٕ کاشرس منٛز۔ اردوہس منٛز اوس تمیٚ سُند گۄڈنیُک ڈراما
"دیوانے کا خواب" تمہٕ پتہٕ یِم اردو ڈراما تمیٚ لیکھی تِمن منٛز چھُ "خالو جان کا
خواب" "چراغ اور سائے" "جھیل بلا رہی ہے" "غدار" "گھروندے"
تہٕ "اور کوئی بولتا ہے" قابلِ ذِکر۔ اردوہس منٛز ڈراما لیکھنٕچ تحریک ما آسہٕ
ہے تمِس ریڈیو نشن ہیٚچ ہٕشرٕ ییتہٕ سٕہ مُلازمت کران اوس۔ چنانچہٕ تمیٚ ہٕنٛدٕن
اردو ڈرامہن منٛزٕ تہٕ چھِ زیادٕ تر ریڈیو ڈراما ہے۔ تاہم سَپدی کینٛہہ ڈراما
اِسٹیج تہٕ۔ "دیوانے کا خواب" گوو ۱۹۵۶ عیسوی یَس منٛز کلچرل کانگریس کہٕ اہتمامہٕ
سٹیج۔ "چٹان" ڈراما کوٗر ۱۹۵۴ عیسوی یَس منٛز امر سنگھ کالیج کھوٹکو سٹیجس
پیٹھ پیش۔ لون صٲبنی کینٛہہ ڈراما چھِ دۄیمین زبانَن ہِندیو ڈرامہ ہَوٕ نشہٕ ماخوذ یا
پھٕنٛدی ترجمہ۔ مثلاً "خالو جان کا خواب" یا ابسن سُندٕ گھوسٹ" ڈرامُک اردو
ترجمہ۔ کینٛہہ اردو ڈراما گیہ کاشرس منٛز ریڈیو پیٹھ نشر کٔرنٕ "گھروندے" یَس
"اگراش سور" ناوس تحت ریڈیو کشمیرٕ پیٹھ نشر سپد۔ کینٛہہ ڈراما لیکھی تمیٚ
گوڈٕ اسٹیجہٕ خاطرٕ پتہٕ بدٕلوکھ ریڈیو ڈرامہ چ تشکیل ییتہٕ کَن کینٛہہ ڈراما ضروری

تبدیلیہ گٔرتھ سٹیج پٮ۪ٹھ کرنہٕ آے مثلن "جھیل بُلارہی ہے"۔

"چراغ اور سائے" ڈرامہس منٛز چھ زٕ بأژ فیروز تہٕ رجو اکس، تہِنٛدس رشتس منٛز ہیٚنہٕ آہتی یُس نیٚبرِ کنۍ بۄڈ مضبوط چھُ مگر اندرِ چھُس سوٗ سرٗ ژامت۔ نفسیأتی سطحس پیٹھ چھِ دوشوٕے بأژ اکھ اکس نِش دوٗر ژلان۔ فیروز چھُ عیأشی منٛز دوہ دِین گزاران تہٕ رجو چھےٚ گندنس دروٚکنس کُن زیادٕ مأیِل۔ تہِنٛدی یِم الگ الگ ولوٗہار چھِ تہِنٛدِس رشتس منٛز خلیج پأدٕ کران۔ تِم یہٕ ونان چھِ تہٕ چھنہٕ کران۔ نیٚبرِ کنۍ چھِ بۄڈ لبرل مگر اندرٕ چھُکھ قدامت پسندی ہنٛز سأرے تہہ موجوٗد یِمٕک اثر تِہنٛدِن شرٕن پیٹھ تہٕ ہیوان چھُ۔ ڈرامانِگارن چھےٚ مردس تہٕ زنانہٕ ہنٛزِ نفسیات بۄڈ زبر پأٹھی پیش کٔرمٕژ۔ یہٕ یکبأبی ڈراما آو نیشنل پروگرامہ بابتھ ژارنہٕ تہٕ بوزن سأسہ بدلہٕ لوکو۔

"جھیل بُلارہی ہے" چھُ لون صأبنُ مشہور اردو ڈراما۔ تِمۍ لیوٚکھ یہٕ گوڈٕ ریڈیو خأطرٕ تہٕ امہِ پتہٕ دِژنس اسٹیج ڈرامہچ شکل۔ کلچرل اکامی ہنٛدِ طرفہٕ میوٗل اتھ پیٹھ ڈراما نِگارس انعامہ تہٕ امہِ علادٕ گوو یہٕ اکیڈمی ہنٛدِ مدتہٕ سیتی سٹیج تہٕ۔ "گھروندے" ڈرامہکی پأٹھی چھُ پتہٕ بأژن ہنٛزِ زندگی ہنٛز عکأسی کران مگر اتھ منٛز چھِ دوہ لرکہ بأژ موضوع بنٕ متۍ۔ ڈرامہُک مرکزی کردار چھُ پنُن آبأیی کار ترأوتھ شہرس منٛز ٹیکسی چلاوان تہٕ پتھ پأٹھی تمہِ سمأجی کیوٚ معأشی بدحألی لسہٕ دوٗر یژھان ژُلنٕ یِمۍ اتھ طبقس نال وٗلمُت چھُ۔ مگر پرہتھ ساتہٕ چھُ تِمس باسان زِ دوہ لرٕ چھُ تِمس ناد لایان۔ اتھ ڈرامہس منٛز چھُ ماجہ ہُنٛد کردار بۄڈ جان پأٹھی آمت وٕبراونہٕ۔ ماجہِ ہنٛدِس کرداس چھےٚ دوہ لرس سیتی ہم آہنگی تہٕ یِم دوہ لوٗنے چھِ اکس اکھ معنہٕ بخشان۔

علی محمد لون سُنڈ اَصل ذٟہُت چھُ تمٕ سٕندی کاشُری ڈراما۔ یہ زَن برونٹھے وَنہٕ آو تمٕ سُنڈ گوڈنیُک کاشُر ڈراما "وزِ چھِ سانٕ" چھپنہٕ تمہٕ وقتچ تخلیق ییلہٕ ییتہٕ اَکس منظم تحریکہٕ تحت ڈراماہچ صنف لوٗکن منٛز بیدآری پاد کرنہٕ خاطرٕ تہٕ تہندی مسلہٕ برٛونٹھ کُن اَنہٕ باپتھ اہم صنف زانہٕ آیہ تہٕ کینٛہہ اَدیب پھیرِ ڈرامہس کُن۔ "وزِ چھِ سانٕ" اوس اَکھ خاص مقصدٕ باپتھ لیکھنہٕ آمُت تہٕ اَتھی مقصدس تحت آو یہ جایہٕ جایہٕ سٹیج تہٕ کرنہٕ۔ یہ ڈراما گوو "لالہ رُخ" ادارکہٕ طرفہٕ ١٩٥٥ عیسوی ییٚس منٛز چھاپ تہٕ "کُنٕ کتھ" کتابہٕ منٛز آو شامل کرنہٕ ییٚتھ منٛز "نوٚو سمسار" (نور محمد روشن) تہٕ "لیگاہ چھُ گاش دار" (امین کامل) تہٕ شایع سپدی۔ "وزِ چھِ سانٕ" ڈرامہس منٛز چھُ ٹکنیکہٕ لحاظٕ اَمکہٕ نوٗرک پے دِوان۔ اَمہٕ پتہٕ لیٚکھی لون صابن وارِیاہ کاشُری ڈراما یمن منٛز کینٛہہ ترجمہ تہٕ کینٛہہ ریڈیائی روپ شامل چھِ۔ تمٕ سٕندی ساری ڈراما چھنہٕ دٕستیاب۔ کینٛہہ چھِ ریڈیو کشمیرس منٛز اَترِ کھیٚمتی تہٕ یِہنٛز ریکارڈنگ تہٕ چھنہٕ شاید محفوظ۔ کینٛہہ چھِ تمن ہٕندی دٕسی ژھٕنہٕ ڈیرن منٛز ضایہٕ گامتی یِمو یِم سٹیجس پیٚٹھ ہاوی۔ لون صابنٕ یِم ڈراما شایع سپدی تِہُن ہُنڈ تعداد چھُ وارِیاہ کم۔ یِمن منٛز چھِ تازی بٕٹکانٕ تقدیر ساز، چاری پاتھر (آدم حوا تہٕ ابلیس) سُیا تہٕ دو لبہ پنڈت خاص پاٹھی ناوہٕ ہنٛز لایق۔ ریڈیو خاطرٕ لیکھنہٕ آمتین ڈرامہن ہُنڈ تعداد چھُ وارِیاہ یِمو منٛز اکثر کاشرس عوامس منٛز سیٹھاہ مقبول سپدی۔ علی محمد لون چھُ پزی پاٹھی کاشرس منٛز ڈراما نگاری ہُنڈ تہٕ خصوصاً ریڈیو ڈرامہکہٕ تواریخُک اَکھ بوٚڈ عنوان تکیازِ تمٕ لیٚکھی کاشرس منٛز سارِوے کھوتہٕ زیادٕ ڈراما۔

ریڈیو کشمیر سرینگر لوگ جولائی ١٩٤٨، پیٹھ کام کرنہٕ مگر ڈراما نشر سپدنٕچ

رلیوایت گیہِ وارِیاہ کال پَتہٕ شروع ۔ گوڈٕ گوڈٕ یِم چیز ڈراما ناوِس پیٹھ نشر سپدیہِ
تِم آسی بقولِ امین کامل " ٹُچرٕ تکیاز " یُہند مذاق تہٕ معیار اوس وۄسی پایہِ ۔ اَمہِ پَتہٕ
آیہِ یِمیٕنتہٕ چھِپن لگہِ کتھن تہٕ داستانَن پیٹھ مبنی کیٖنہہ ڈراما لیکھنہٕ ۔ ڈرامہٕکہٕ فنکہِ
اعتبارٕ آسی یِم معمولی مگر لوٗکن منز گیہِ یِم بُڈٕ مقبول تہٕ یہِ وُچھتھ پھیری کیٖنہہ
اُدیب ڈرامہس کُن ۔ نور محمد روشن تہٕ مرزا عارف آسی یِمنے اُدیٖبَن منز ۔ کیٖنہہ
کال گژھتھ وُزنوو آل انڈیا ریڈیوہَن ڈراما لِگارن منز مقابلہٕ آرآئی یُہند حس تہٕ
ترٛے ڈراما آیہِ لیکھنہٕ یِمَن منز سوم ناتھ زُتشی سُند " وِجہِ واو " ریڈیوکس قومی
پروگرامس منز شامِل گوو تہٕ یہِ آو مختلف زبانَن منز نشر کرنہٕ ۔ یہِ اوس کاشرِس
اُدیبس تہٕ کاشرِس ڈرامہس کیٖت یِتھ گوڈنیک تہٕ بوڈ اعزاز ۔ ڈرامانگارن ہنز
اَکھ نوٚو پیٚے آیہِ بروٚنٹھ کُن یِمو ریڈیو ڈرامہس ووتھ بوٚ دیُت ۔ پُشکر بھان سُند
" مچامہٕ " گوو تیوٗتاہ مقبوٗل زِ یہِ بنیوو اَکھ سلسلہ وار ڈراما ۔ سماجی مسلن پیٹھ
تہٕ آیہِ ریڈیو ڈراما لیکھنہٕ یِمَن منز باضے تِمن کتھن ہنز عکاسی اَس کرنہٕ یوان یِم کیٚتن
مخصوص طبقن منز احتجاجک باعث بنان آسہٕ ۔ لون سُند " اگر آش سورٕ " تہٕ
" ژوٗر " تہٕ پُشکر بھان سُند " رٕے یاوُن " آسی یِتھی ڈراما ۔ لوٗکن ہنز مخالفت وُچھتھ
گیہِ کیٖنہہ ڈراما لِگار بد دِل مگر کینژو ورتاوی اظہارس منز بالواسطہ طریقہٕ تہٕ ریڈیو
ڈرامہچہِ صنفہٕ دِتُکھ ووتھ بوٚ ۔

یہِ زَن بروٚنٹھے دِنہٕ آو کاشرِس منز چھُ ریڈیو ڈرامہَن ترقی منز لون صاحبن
ڈرامہَن ہُند تھکُن لایق حصہٕ ۔ سُہ اوس ریڈیوہس سٟتی وابستہ تہٕ اَمہِ کِنی اوس
ریڈیو ڈرامہکس فنس پوٗرٕ واقف ۔ ریڈیو خاطر ڈراما لیکھُن اوس تمی ہنز ملازمژ
ہنز مجبوری تہٕ یتھ کُن تمی یَنہٕ نَس اَکھ مضموٗنُن منز اشارٕ کورمُت چھُ ۔ تہٕ زَن گوو

یٚلہٕ وارٕ یِہوٚ ڈراما نِگارو ریڈیو خاطر لیکھٕنۍ ترٛاوِ، پُشکر بھان، سوم ناتھ سادھو
تہٕ علی محمد لون رٕوٗدۍ توتہٕ لیکھان۔ بشیر اختر سُند وَنُن چھُ زِ لون گوو ڈراما مُنفہٕ
کُن پوٚہنسکہٕ غرضہٕ متوجہ۔ ممکن چھُ اَتھ مَنٛز تہٕ آسہٕ صداقت مگر پزر چھُ یہٕ زِ لون
صاۍبُن مزاز اوس زیادٕ یَہن ڈرامہکس فنس بستی مثیل تھاوان ییمٕنک اَندازٕ تِمۍ
ہنٛدۍ افسانہٕ تہٕ ناوِلہٕ پٔرتھ تہٕ گرٛھان چھُ۔ تِمۍ ہٕسنٛدۍ واریاہ ڈراما گیہٕ ریڈیو کشمیر
پیٹھٕ نشرٕ تہٕ سٕپدٕے یہٕ لُوکن مَنٛز مقبوٗل۔ تاآزی بٹہٕ کان، حمیدی، رُوح تہٕ روتُل،
کنٛڈۍ صحراو تہٕ وُجوٗد، میانہٕ جِگرٕ کہٕ دادِ ووتھ بیترٕ ڈرامہو علاوٕ لیٚکھۍ تِمۍ کیٚنہہ سلسلہٕ وار
ڈراما یِمَن مَنٛز دیتال پچیسی، لالہٕ جوٗ اینڈ سنٛز تہٕ وہتھ روز لیکان ( اَکھ قسط )
شامل چھِ۔

" اگر آش سورٕ" اوس گوٚڈٕ تِمۍ اردو ہَس مَنٛز "گھروندے" ناوِ نیٚو کھمُت لیُس
جون ۱۹۵۸ عیسوی لیس مَنٛز کوہ نگ پوش رسالہ کس اردو شمارس مَنٛز شایع سپدِ۔
یوٚہے ڈراما پھیرُ تِمۍ کاشرس مَنٛز تہٕ دیُتُنس ریڈیو روپ۔ یٚلہٕ یہٕ ڈراما نشرِ
گوٚو ناوِ ہاؤزٕ و کوٚر اَتھ خلاف احتجاج تکیازِ اَتھ مَنٛز آسہٕ اَمہٕ طبقہٕ کہٕ حوالہٕ
کینٛہہ پزٕ کتھ نہٕ وانہٕ پاٹھۍ وَننہٕ آمژٕ۔ نتیجہ دراو یہٕ زِ اَمہٕ کس آینٛدٕ نشرٕ گژھنس پیٹھ
آیہٕ پابندی لاگنہٕ۔ بنیادی اوس یہٕ ڈراما ڈلکین تِمَن ہاؤزن تہٕ ہاوس بوٹ
والین ہٕنٛزٕ زندگی متعلق یِہنٛد واحد ذریعہٕ ٹوٗرسٹ آسان چھُ تہٕ اَتھ مَنٛز چھُ
تنگدستی کِنۍ تِمی واقعات تہٕ پیش یِوان یِم جسم فروشی پیٹھ مجبور کران چھِ۔ مٕلہٕ خالق
چھُ ڈرامہک بنیادی کردار۔ تمِس چھِنہٕ ووٚنۍ کانٛہہ سیاح میلان یِمی کِنۍ سُہ
پَنٕنہٕ نوٚ خاندار نہٕ تہٕ کورِ ہنٛدۍ ارمان پوٗرٕ کٔرِتھ ہیٚکہٕ ہے مگر سُہ چھُنہٕ ہِمتھ
ہاران۔ تمِس یوٚسہٕ آش سیاحن ہٕنٛز آس سۄ چھِ ووٚنۍ سورُے ہیٚژ مگر سُہ

چھُنہٕ زنگہِ پیٹھ زنگ ترٲوتھ تقدیرس وَدان۔ اَکھ درواز یوٚد بنٛد گژھہِ ساس چھُ یلہٕ گژھان۔ مَلہٕ خٲلق چھُ محنت مۆزوٗری کران تہٕ یتھ پاٹھی پنٕہ نین لوکٕٹ موکٕٹین خوٗشی ین ہنٛدی خواب زنٛدٕ تھاوان۔

ڈراما "روٗح تہٕ روتُل" آو ریڈیو کشمیر کین جشنِ تمثیل پروگرامن ہنٛدِ برکتہٕ برونٛہہ کُن۔ اَتھ منٛز چھُ ڈراما لِنگارن بیورو کریسی ہنٛدِ بتھ پیٹھ لوٗبہ وُن مُکمٕٹ تھوٚد تلٕمتھ ریاکٲری، چاپلوسی کرُسی باپتھ رسہٕ کشی تہٕ اُکس اَکھ زنگہٕ کڈنک عمل نوٚن کوٚڈمُت یُس دَفترن منٛز تہٕ سیتی سماجس منٛز اَکھ نوسوٗر بنیوٚمُت چھُ۔ لون صاٮ۪بُن وَنُن چھُ زِ اَتھ ڈرامہس منٛز چھُ تمیٚ اَکھ پوز تہٕ ویوٚد واقعہ پیش کوٚرمُت۔ اَمہِ ڈراہچ تکنیک چھےٚ نوٚ۔ کرُسیہ چھےٚ کِردارن ہنٛز جاے رٹان۔ یِم چھنہٕ صرف کرِدارن ہنٛز نمایندگی یوٗت کران بلکہٕ تہنٛزن سوٚچن تراین تہٕ متعین کران۔ کرُسی پیٹھ بہتھ چھِہ یِم کرِدار پننہِ انسٲنی وجوٗد تہٕ اَمہِ کیو تقاضو لِنشہ بےٚ خبر گژھان۔ یمن چھُ اَکھ اَکھ سُنٛد آسیب پتہٕ یُس یمن اَنہ گٹہ منٛز ٹھولہٕ ٹھول کرناوان چھُ۔ دفترن منٛز کتھ کنہٕ چھےٚ قابلیتھ، ایمانداری تہٕ محنتھ بجایہ چاپلوسی تہٕ جی حضوری ترجیح دِنہٕ یوان، بیورو کریٹ کتھ کنٕہ چھُ صرف پننہٕ ذات برونٛہہ پکہٕ ناونہٕ خاطر ژھل تہٕ بل کران تہٕ اَمیُک کُس اَثر چھُ سمٲجی اِدارن تہٕ فردن پیٹھ پیوان ـــــ یہ سورُے کینٛہہ چھُ ڈراما لِنگارن بڑٕ بٲریک بینی سان دیدمان بنوومُت۔ "میانہٕ جگرکہِ دادِ دوہ تھ" ڈراما چھُ لون سُندن مقبول ڈرامہن منٛز شمار اَتھ منٛز چھِ اَکھ رومٲنی کہٲنی مگر پوٚت منظر چھُس سےٚ طبقٲتی تصوٗدم تہٕ سمٲجی نابرابری یُس لون صابُن اَکھ بوڈ موضوع روٗدمُت چھُ۔ اَتھ اَلمیہ ڈرامہس منٛز چھِ واقعہ تہٕ مکالمہ جذبٲتی اَنداز ہیتھ پتہٕ اَمہِ لحاظ چھُ یہ لون سُندیو باقے

ڈرامہو نِشہٕ مختلف۔

ریڈیو کشمیر پیٹھ یِم سِلسِلہٕ وار ڈراما نشر سپدی تِمن منز میچ پشکر بھان ہنٛد "ہیرو مچامہ" پَتہٕ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ مقبوٗلیت "ویتال پچیسی" لالہٕ جواینڈ سنز تہٕ "وٕہتھ روٗز پکان" سِلسِلہٕ وار ڈرامہَن ۔ "ویتال پچیسی" ڈراما اوس سنسکرت زبٲنؠ ہِنٛدِس عالمِ سوم دیو سنٛزِ "کتھا سرت ساگر" کتابہٕ منز شٲمل کیٛنژن کہانیٛ یَن پیٹھ مبنی۔ یِم کہانیہ چھےٚ اِنسانی زِندگی ہنٛزن مختلف حقیقتن متعلق۔ یِم چھہٕ سبق آموز تہٕ علمُک تہٕ تجربن ہُنٛد اَکھ موٚلُل خزانہٕ۔ بالا فطری ماحولہٕ کنٛز چھےٚ یِم سٹھاہ دلچسپ تہٕ۔ کتھا سرت ساگرُک ترجمہٕ چھُ وارِیاہن زبانَن منز کرنہٕ آمُت۔ لون صٲبَن آسہٕ کٲنٛسہٕ ریڈیو روٗپ دِنہٕ وِزِ اردو یا ہندی ترجمے نظرِ تَل تھوٚومُت۔ دوٚیمہٕ زبٲنؠ ہنٛز تخلیق تتھ کنٛز ترجمس منز اَنِنؠ تہٕ سیٛتی دوٚیمہٕ منفہ مثلَن ڈرامہس منز تتھ کنٛز پیش کرنی زاُمچ دلچسپی روزِنہٕ صرف برقرار بلکہ گرٛزِ اَتھ منز ہُریر، چھِنہٕ کانٛہہ معموٗلی کتھا۔ لون صٲبُن کمال چھُ یہ زِ ریڈیو ڈرامہک روٗپ دِتھ تھٲو تِمؠ یِمَن قصَن ہنٛز دلچسپی تتھ حدس تام قٲیم زِ یہ سِلسِلہٕ وار ڈراما چھُ طبع زاد باسان۔ اَمکی مکالمہ چھِہ تیتاہ دلچسپ تہٕ جان زِ ٹھیٹھ سنسکرت لفظن ہنٛد استعمالہٕ باوجود بنیٚ یہ یِم ڈائیلاگ وارِیاہس کالس زبان زدِ عام۔

ریڈیو کشمیرٕ پیٹھ گوو "وٕہتھ روٗز پکان" ناوٕ سِلسِلہٕ وار ڈراما نشر۔ یہ اوس ترٛین قسطن پیٹھ مشتمل۔ اَمکی زٕ قسط لیٚکھی اخترمحی الدین صٲبن تہٕ سوم ناتھ زُتشی یَن۔ علی محمد لونَن لیوٚکھ اَمیُک ترٛیے یِم قسط۔ یہ قسط گوو آل انڈیا ریڈیوکس پروڈکشن مقابلس منز شٲمل تہٕ اَتھ آو اَکھ بنگٲلی ڈرامہس سیٛتی گوڈنیُک انعامہٕ دِنہٕ۔ اَمیکس نتیجس منز گوو یہ آل انڈیا ریڈیوکس قومی پروگرامس تحت مُلکہ چین مختلف

زبانَن مَنٛز نَشر ۔" وہتھ روُز پکان " چھُ کٲشِر ہِندِ توارِیخکہ اَکہِ خاص دورُک وِحاظ کران تہٕ اَمہِ دورکہِ حوالہٕ کاشرِ ہن ہنٛزِ مظلوٗمیتُک ہُند اَکھ دَرد ناک صوٗرتِ حال برونہہ کُن اَنان ۔ بیگار ، موٗزوٗرن ہنٛدی دِیہی تہٕ واے ' غُربت تہٕ افلاس ، کاشرِ ہن پیٹھ مختلف رازن ہُند ظلم تہٕ بے زبانی کاشری سُند خاموش احتجاج ' ___ یِم ساری منٛظر چھِ وقتہٕ کِس رفتارس ستی درینٛٹھی یوان تہٕ کٲشِرِ ہنٛزِ سیاسی تہٕ سماجی زندگی آنہ باوتھ دِنیچ سائکی پیش کران ۔

سِلسِلہٕ وار ڈرامہس مَنٛز چھُ "لالہٕ جو اینڈ سنز" لون صابُن یادگار ڈراما۔ یہِ طبع زاد ڈراما چھُ موضوع لِحاظ لون صابنہٕ مخصوص نقطہٕ نظرُک تہٕ آنہ ۔ اَمہِ ڈرامہک یٔنٛز وونُن چھُ سماجی ناہمواری ، طبقاتی کشمکش تہٕ دولت کماونُک ہوس ۔ لالہٕ جو چھُ ڈرامہک مرکزی کردار یٔمِس ریاکاری تہٕ جعل سازی ستی دولت حاصل سَپدان چھے ۔ یوت یوت اَتھ دولژ مَنٛز ہُر ہر گژھان چھُ تیوت تیوت چھُ تمِس پٔنٛز جلسازی اَکھ قابلہٕ فخر گوٗن باسان ۔ دولت پِھچھے تمیٚ ہنٛزن اَچھن ہُند سرُ ہہ خوٗشنک کران تہٕ سُہ چھُ رِشتن ہنٛدِ آوِ لہٕ یِنہ مَنٛز آزاد گژھان ۔ کانٛسہ مار دیاوُن یا کانٛہہ مارناوُن چھُ تمِس نِش اَکھ معموٗلی تماشہ ۔ سُہ چھُنہ یِنہ ہن باپوہ بھرن تہٕ پژان ۔ اسمعال چھُ تمیٚ ہنٛز زندگی تہٕ تمیٚ سُندِ وجوٗدُک پزِ بزِ ہتھ نِشانہٕ ۔ دولت حاصل کرنہٕ خاطرٕ چھُ سُہ پرٛیتھ کانٛہہ زور آزمائی کران ۔ سازِشہٕ کرٛی کرٛی لوکن ہُند جاداد ہڑپ کران ۔ مگر اَخرس چھُ پاڈکیمی سندی پاٹھی پانہٕ یِنہ لَس ووٚنٛز ہتس مَنٛز بنٛد گژھان ۔ کردار نِگاری علاوٕ چھُ یہِ ڈراما مکالمو رٔنٛگی تہٕ بڈٕ زبر ۔ اَتھ ڈرامہس تہٕ گیہ بوزن والین مَنٛز بڈٕ مقبولیت حاصل ۔

ریڈیو ڈراما چھُ سٹیج ڈراما نِشہٕ ہنا مختلف ۔ اَمکی چھِ پٔنٛز کینٛہہ تقاضہٕ

یم اَتھ فَنَس سِتی پوٗر پوٗر زان تھاوَن وول فنکارٕ ہیکہِ پوٗرٕ کٔرِتھ۔ بصری
عُنصر چھُ اَتھ مَنٛز غایب تہٕ سورُے دارومدار چھُ سمأعی پہلوٕوس پیٹھ۔ ریڈیو
ڈراما چھُ اَتھ سمأعی پہلوٕوس ہتھی پأٹھی EXPLOIT کرنُک فَن یُتھ زَن
یہٕ بصری پہلو بنہٕ۔ تہٕ زَن گوو یہ چھُ کنو بوزناوِنہٕ علاوٕ اَچھو وُچھناونُک فن تہٕ
الگ الگ منظر، کردارن ہنٛدی الگ الگ روٗپ، تِہنٛد لباس، تِہنٛد اونٛدپوک
ئُس بصورتِ دیگر وُچھنہٕ سِتی زانِنہٕ ہیکہِ یِتھ چھُ محض آوازٕ زٔنگی پیش کرنہٕ یوان۔
مکالمہٕ، صوتی تاثرُ، تہٕ موسیقی چھِ اَمکی تِم ذٔریعہٕ یِم اَمہٕ کِس تیکنیکس مَنٛز اہمیت
تھاوان چھِ۔ یِمَن مَنٛز چھُ مکالمہٕ سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ عنصر یُس باوَنَس سِتی سِتی
ہاوِنٛچ کأم تہٕ کران چھُ۔ سِٹیجس یا سکرینَس پیٹھ یِتھ پأٹھی کردارن ہنٛز عمل
ہاوِنہٕ ہیکہِ یِتھ تِہنٛد چھِنہٕ ریڈیو ڈرامہس مَنٛز سوالے پادٕ سپدان۔ لہٰذا چھُ
کردارن ہُنٛد سورُے عمل، تِہنٛز حرکاتھ، تِہنٛدی وٕتھ کُمجار تہٕ ڈٔکہٕ دٕرہِ، تِہنٛدی
اَندرِ نیبرٕ مکالمو ہنٛدی ذٔریعہٕ پیش کرُن پیوان۔ علی محمد لون اوس ریڈیو ڈرامہکس
فنَس وأقف۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ تِمی ہنٛزن اَلہٕ پلہٕ تمام تخلیقن مَنٛز چھُ مکالمہٕ سارِوٕے
کھوتہٕ زوردار تہٕ توجہ طلب۔

یوٚت تام سِٹیج ڈرامہک تعلق چھُ لون صأبنی وارِیاہ ڈراما چھِ قأبلِ ذِکر
مگر یِتھ کتابِچس اَندر تِمَن سارِنے تنقیدی سام ہیٚنٛز چھُنہٕ مُمکن۔ تاہم چھُ "تقدیر ساز"
"چارٕی پأتھر" تہٕ "دہ رلبھ پنڈت" ہتھی ڈراماہنٛد ہنا تفصیلی تذکرٕ ضروٗری چھُ۔
"سٕیا" چھُ لون صأبنٛ شاہکار لہٰذا چھُ الگ پأٹھی تفصیلی مطالعُک تقاضہٕ کران۔

ڈراما "تقدیر ساز" سَپُد ۱۹۶۷، کِس "سون ادب" رسالس مَنٛز چھاپ۔
یہ گوو سرینگر کِس ٹیگور ہالَس مَنٛز سٹیجس پیٹھ تہٕ پیش۔ اَکی منظرک یہ اوٚک بأبی

ڈراما چھُ تکنیکہٕ لحاظٕ اَکہٕ جٔدٕ ژٕہنٛدٕ پےٚ دِوان۔ ڈرامہٕس مَنٛز چھُ مرُوجہ سماجکین تھَن نام نہاد معمارن ہٕندِ بُتھہِ پیٹھٕ شہ مُکھُٹ تھوٚد تُلنہٕ آمُت یِم پَننہٕ اہمیژ ہٕنٛز پارٕ رےٚ دِوان چھِ۔ ستم ظریفی چھےٚ یہِ زِ یِمےٚ چھِ تِم لۄکھ یِم سماجَس مَنٛز بدس کدوٗرژَن تہٕ تباہٕژَن آبیاری کران چھ تہٕ دۄیمہٕ پاسہٕ چھِ عوامس چاری تہٕ سیۄد ساد زانِتھ یِمَو کدوٗرژَو لَشہٕ پَننہٕ مُنزٕ تہٕ پاک آسنُک برٕہم دِوان۔ مۄلہٕ کنِ اگرٕ وۄچھو یِتھین کردارن ہٕندِس بارَس یِنَس مَنٛز تہٕ چھُ تمہِ سماجی گریٹُک اَہٕتھ ییٚمہٕ کِس تعمیرَس مَنٛز اقدارو بجایہِ مادی یِتکی عناصر کار فرما چھ روٗدی ہتی۔ سماج کِس روحَس اوس یہِ ژوٗر موجودٕ صدی ہٕندِ بن ابتدائی دٕہلِین مَنٛزٕ ےٚ ژامُت مگر اَمیُک مۄلہٕ ڈٕطیرٕ گو وُنہِ مین پنٛزٕہن وٕری یَن اَمہٕ لحاظٕ پھانگرٕ تہٕ وۄنی چھُ صورتِ حال یہِ زِ بےٚ ایمانی، فرض ناشناسی تہٕ رٔشو خوٗری چھ اَزی کہِ سماجِچ پربٕہِتھ بنےٚ ہُژ تہٕ یِمَن بدعتَن چھےٚ اَکہٕ قسمٕچ سماجی سنٛد حاصل۔ سوہ تہِ اَتھ حٔدس تام زِ یِم چھِ وۄنی INSTITUTIONALISE گامتی۔

ڈرامہٕس مَنٛز چھِ بُنیادی سٕتھ کِردار۔ یِم چھِ آزاد خیال انجمنکی ممبر۔ یہِ انجمن چھےٚ نام نہاد آزاد خیالی ہٕندِ پرچارٕ باپتھ اَکہٕ مجلسہٕ ہُنٛد سُنٛز کران تہٕ لۄکن برٕ نہہ کنہٕ چھِ ممبر وار وارٕ تقریر کرِتھ پَنٛنہِ آزاد خیالی ہاوٕنٕچ کوشش کران۔ انجمن کِس سیکریٹری یُس غلاوٕ چھِ مجلسہٕ ہُنٛد صدر دُرگا داس، اخبار نویس داوٗد لاہوتی، اَدیب سیتا رام سالِم، سیاسی رہنما سیّد صاب، سماجی کارکن بیگم آغا تہٕ ٹھیکدر سلام دین اَمہٕ ڈرامہکی تِم کردار یِم زندگی ہٕندِ بن مختلف شعبن ہٕنٛز نمایندگی کرِتھ سماجی تہٕ سیاسی زندگی آینہٕ چھِ ہاوان۔ دُرگا داس چھُ پیشہٕ کنِ جج روٗدمُت تہٕ جلسَس مَنٛز یِم سامعین شامل چھِ تِہنٛز نمایندگی چھِ

ژوٗر جوان کران یمن منٛز اکھ زنانہٕ تہٕ شاَمِل چھےٚ۔ ڈرامہس منٛز چھِ یِم ژوٗر کردار ناوٕ لِگنآر۔ یِم چھِ فقط آوازٕ یِمہٕ عوامس منٛز موجوٗد تِمن فردن ہنٛز نمایندگی کران چھےٚ یِم ذی شعور چھِ تہٕ یِمن سوٗرے صورتِ حال عیان چھُ۔ یُس تہٕ ممبر مائیکہِ برٛونٛہہ کُن یتھ پننہِ تہٕ آسنُک دعویٰ کران چھُ ییٚہ سُہ ژٕرکہِ چھوٗپی، نوجوان چھِ لوٗکن منٛز تِمیٚ سُند برٛہم پھٹراوِ تہٕ تِمُے ہنٛز اصل حقیقت ننٛیٚ راوان۔ اخبار نۆویس داوٗد لاہوتی سُند اخبار "ڈِگن ڈول" چھُ دانشورانہٕ سطحس پیٹھ سماجکہِ ڈِگن ڈول آسنُک اِشارٕ۔ یہِ اخبار چھُ صحافت چہِ سارٕنے قدرٕ پپٕ پُش ترآوِ تہٕ واو وُچھتھ ناو تراوان تہٕ اَمِچ زندگی چھےٚ لوٗکن بجن ڈیڈٕ ہن ہنٛز آویزٕ۔ اُدیب سیتارام سآلِم یُس پنٕہٕ نین تخلیقن منٛز زنانن ہنٛدِس یزتس تہٕ احترامس بحال کرنہٕ خآطرٕ لفظن ہنٛدی طوٗمار گنڈان چھُ، چھُ عملی زندگی منٛز سآلِم اِنسان آسنہٕ بجایہٕ اکھ ظآلِم ثآبت سپدان۔ اَمہِ ظُلمُک نِشانہٕ چھےٚ خودأی ہنٛز آشنٕ تہٕ نوٚش بنان۔ یِہےٚ نوٚش چھےٚ ڈرامہس منٛز نوٕ ییٚہ ہنٛز آواز بنِتھ سوٚہ خاموشی پھٹراوان یِتھ منٛز زنانن دَم پھُٹِ گآمژٕ چھےٚ۔ سید صآب چھُ سُہ سیآسی شعبہٕ بازیُس اکِ ہیٚہ واقعہس متعلق دوٚن مختلف موقعن پیٹھ زٕ متضاد بیان دِوان چھُ یِمہِ سیتی تِمُے ہنٛز ساد مکآرٕل برٛونٛہہ کُن یِوان چھےٚ۔ مِس آغا چھےٚ سُہ کلچر برٛونٛہہ پکناوِنٕچ کیتھ کران ییٚمِچ تہٕ تَس کھِنی پآرٕی زان چھےٚ۔ سوشل ورکر آسُن چھُ تِمُے سُند اکھ فیشن تہٕ مقبول گژھنُک اکھ ذریعہٕ۔ سلام دین چھُ سُہ ٹھیکدار یِمیٚ ہنٛدٕ ین ٹھیکن ہُنٛد ٹھیکہٕ آزاد خیال انجمن کیو ممبرو نیوٗمُت چھُ۔ مجلسہٕ ہُنٛد صدر دُرگا داس چھُ فآصلہٕ کرن وول وقت یُس نوجوانن سیتی چھُ۔ ڈراما لِگارن ییٚتہِ سمآجی اِدارن لگوٚہِ [illegible] پیٹھ

یَنہٕ مَنٛز کانٛہہ سماجُک خاب تہٕ گوٚرمُت ۔ یہ خاب چھُ انجمن کێن ممبرن
ہِنٛدِس تَتھ انجامَس مَنٛز آکار لبان یَتھ تِم نوجوانَن ہِنٛدی ڈٕسی واتان چھہٕ ۔

ڈرامہٕچ عُنوان " تقدیر ساز " چھُ معنہٕ خیز ۔ اَکہِ طرفہٕ چھُ یہ نام نِہاد
آزاد خیال کردارن ہِنٛدِ حوالہٕ اَکھ طنزیہ عنوان تہٕ تہٕ بێیہٕ طرفہٕ یِمَن خلاف
آواز تُلن والین نوجوانَن ہُنٛد اَکھ خاب تہٕ ۔ مشعل سُلطانپوری ہُنٛد خیال چھُ
زِ " یہ ڈراما چھُ کٲشیر ہِنٛدِ اَکہِ خاص وَقتہٕ کہِ سماجُک آنہٕ تہٕ اَتھ مَنٛز چھےٚ ترٛٹہ
حقیقت بیان کرنہٕ آمژ ییٚمہٕ خاطرٕ جان دل گوردِ ضرورت چھےٚ "[1] مگر یِزر
چھُ یہ زِ اَکِس مخصوص دورَس مَنٛز لیکھنہٕ یِنہٕ باوجوٗد چھُ یہ ڈراما اَز تہٕ تیوتے لگہٕ ہار
یوتاہ زَن یہ تَتھ دورِس مَنٛز وُچھن والین باسیومُت اوس ۔ اَمِچہٕ افادیژ تہٕ معنویژ
پیٹھ کتھ کران اوس شمیم احمد شمیمن " آیینہ " اخبارس مَنٛز لیوٚکھمُت :

" اَز گو مےٚ کٲشیرِ ہُنٛدِ اَدیبَن پیٹھ اعتماد بحال ۔"[2]

"چارٕی پٲتھر" ستمبر ۱۹۷۰ عیسوی یَس مَنٛز شیرازکِس ڈراما نمبرس مَنٛز شایع ۔
یہ ڈراما گو وسٹیج تہٕ تہٕ " آدم، حوا تہٕ ابلیس " عنوانَس تحت آو ریڈیو تہٕ ٹیلی وِژنہٕ
پیٹھ تہٕ پیش کرنہٕ ۔ اَتھی عنوانَس تحت کوٚر یہ رتن لال شانتن یِنٛنہٕ کتابہ (انترِچ
کتاب) مَنٛز شامِل ۔ یہ چھُ کٲشرِس مَنٛز یِنہٕ نہٕ نوٚعیژ ہُنٛد شاید گوڈنیُک ڈراما
لیُس موضوع تہٕ ہیُٔتھ کنہٕ جدید چھُ ۔ اَمہٕ پَتہٕ آیہ " کالج پٲتھر " (فاروق مسعودی)
تہٕ " نانک گرٛد بند " (ہری کرشن کول) ہیوٚو ڈراما لیکھنہٕ یم " چارٕی پٲتھر "
ڈرامہٕچہٕ تکنیکہٕ تہٕ کُنہٕ حدس تام اَمہٕ کِس پلاٹس نکھ چھہٕ ۔ علی محمد لونن لیوٚکھ یہ ڈراما

---

[1] کٲشرِ نثرِکی تعمیر کار ص ۵۴

[2] بحوالہ ایضاً ص ۵۸

تمن دوہ ہَن یَیلہِ جدیدیتُک رجحان بَرِصغیرکِس ادبس مَنٛز سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ تہٕ
غالب رجحان اوس۔ یہ رجحان اوس موجودٕ صدی مَنٛز تمن تبدیلین ہُند نتیجہ یِم
سائنس چہ ترقی تہٕ منعٔژن ہنٛدِ پھہلاوٕ سیتی انسانی زندگی مَنٛز آیہ تہٕ یِموٚ اَکس نۆوس
دورس زَنٛم دِیت۔ سائنسی عقلیٔژ ہنٛدِس یتھ دورس مَنٛز گوو حارتھ انگیز ترقی تہٕ
تبدیلین ہندس نتیجس مَنٛز انسانی شعور پیٹھ کال چوٚ اطمنان بخش روایژ وننہٕ ژھینہٕ
گژھتھ اکہِ شدید آشوبُک شکار۔ علمس تہٕ فکرِ مَنٛز ہُر ہُر تہٕ وسعت پادٕ سپدن
باوجوٗد کوٚر فردن محسوس زِ سہ چھُ لاعلمی ہنٛدِس صحراوس مَنٛز رودمُت تہٕ اَتھ
صوٗرتہٕ حالس مَنٛز گوو سہ انفرادی سطحس پیٹھ یہ سوچنہٕ خاطرٕ مجبوٗر زِ کائناتس مَنٛز
کیاہ چھہِ تمیٚ ہنٛدِ وجوٗدُک معنہٕ مطلب۔ اَتھ سوچن ترایہِ درٛژ وجودیتکۍ فلسفن
زیادے پہن ہُر۔ سارتر تہٕ دٔویمیو فلسفہٕ دانو گٔژ روٗو فردٕ ہُند یہ احساس زِ
زندگی چھہِ بے معنی تہٕ بے مطلب۔ انسان چھُ سماجی ریژن تہٕ فرسودٕ رلواتین ہنٛز
زنجیرن مَنٛز قاد۔ تمیٚ ہنٛز زندگی لبہِ تیٚلی کانہہ معنہٕ مطلب ییلہ سہ پانس اندر
زوال انسانس پر ہیتھنک موقعہ دِیہ۔ سہ چھُ پننی شبیہہ گرنٛچ صلاحیت تھاوان
تہٕ یہ شبیہہ گرنٛژ چھےٚ تمیٚ ہنٛز ذمہ داری۔ سہ چھُ تمنٛے لمحن مَنٛز آزاد ییلہ
سہ موتس سیتی اَچھہِ رلاوِتھ ہیکہِ تکیازِ موتس بروٗنہہ کنہِ گرہٕ آمُت انتخاب ہے
یوت چھُ مستند۔ موجودٕ فردٕ ہنٛدِس اَتھ احساسس تہٕ ژینن طرزس ہیچ مغربی
اَدبس مَنٛز سارتر، کامو، کافکا، سیموئل بیکٹ، آئینسٹاین تہٕ بیتھن ہون دٔویمین
اُدیبن تہٕ دانشورن ہنٛدی ڈسی فنس مَنٛز اکہِ فکری رجحانچ شکل۔ یوٗدوے اَدبس
مَنٛز یہ سوچن طرز نوو اوس نہٕ تاہم ییمہِ شدتہ سان یہ وُہمہِ صدی ہنٛدِ ترٛوٚژی مہ
دٔہلہِ پیٹھہِ علمی سطحس پیٹھ شاعری تہٕ ادبس مَنٛز پیش کرنہٕ آو تمیُک مثال چھنہٕ

اَمہِ برۄ ہہ کنُہ تہٕ درینٹھی یوان ۔ ڈرامہکس فنس مَنز تہٕ آیہِ فکری تہٕ ہیٔتی سطحس پیٹھ اَکھ انقلاٰبی نوٗعیتٕر ہنٛز تبدیلی ییٚمی اَکس الگ مکتبہٕ فکرس زَنم ذیٖت یُس "تھیٹر آف دی ابسرڈ" ناوٕ مشہوٗر گوو۔ ڈرامہس مَنز پلاٹ، کردارنگاری تہٕ مکالمہ کہِ روایتی تصورٕ نشہ انحراف کرِتھ آیہِ زندگی ہنٛزٕ بے معنویت پُلاٹچہٕ بےٚ نظمی، کردارٕ ہنٛز لاشخصیتٕر تہٕ مکالمن ہنٛزٕ بےٚ معنویتٕر ذٔریعہِ پیش کرنہٕ ۔ یہ رجحان روٗدٕ نہٕ صرف یورپی ڈرامہس تامے محدوٗد بلکہِ ییٚمہِ اَپُج ژھٹ دوٗر دوٗر تام تہٕ برصغیرٕکی ڈراما نگار تہٕ گییہِ اَمہِ ستی مُتاثر۔

علی محمد لون صأبس آس اَدبَس مَنز فکری تہٕ ہیٔتی سطحَس پیٹھ سپدَن واجنٕن یمَن تبدیلیَن پیٹھ نظر تہٕ سُہ اوس یُتہٕ نہٕ وَقتہٕ کِن تمَن رجحانن وٲقف یم اَدبکہٕ تہٕ خصوصاً ڈرامہکہٕ فنکہِ تعلقہٕ موضوع بحث آسی۔ "شُنٛز" افسانک ذکر کرنہٕ ورز چھُ یہ گوڈے وَننہٕ آمت زِ لون اوس نہٕ بظاہر جدیدیتٕر ہنٛدِ رجحانکُ قٲیل، تہٕ کرِتھ تہٕ ورتأوی تمیٚ پننین کینژن افسانَن کیوٚ ڈرامہَن مَنز اظہارٕکس سطحس پیٹھ تم وَل یم جدیدیتٕر ہنٛدس رجحانَس ستی مخصوص گنٛزرِنہٕ یوان چھ۔ اَمہِ علاوٕ کوٚر تمیٚ فکری سوٗتھرس پیٹھ بے شوٗنکھی پاٹھی جدیدیتٕر ہنٛدٕن کینژن مقبوٗل موضوعن نِلہٕ کھوٗل ییٚمیُک مثال افسانَن مَنز "شُنٛز" تہٕ ڈرامہَن مَنز "چھاری پاتھر" چھ۔

ٹیکنیکہِ ہنٛدِ اعتبارٕ چھُ "چھاری پاتھر" تیتھ ڈراما یتھ DRAMA WITHIN DRAMA وَنان چھ۔ یتھ فارمہِ مَنز یہ ڈراما لیکھنہٕ چھُ آمت شاید ہیکہِ ہے نہٕ اَمیُک تھیم تمہِ ورأئے بنیہِ کنُہ ہیٔتٕر مَنز پیش سپدِتھ۔ یہ ڈراما چھُ روٹین زندگی مَنز پھسے میتَن حساس فردن ہنٛزن ذہنی تہٕ نفسیأتی حالژن تہٕ کیفیژن ہنٛز عکاسی کران۔ فرد چھُ زندگی پننہِ آیہ تہٕ پننہِ مرضی گزارٕن یژھان مگر اُمی ہنٛدس

ولو ہارس تہٕ وَرتاوس چھہٕ تم عناصر مُتعین کران یِمَن سُہ پَننہٕ بایتھ ووہ پرٕزانان چُھہ۔ سُہ چھُہ یِمہٕ حد بندیہٕ پھٹراوُنٕچ کوٗشش کرٕتھ پَننہٕ وجوُدُک معنہٕ ژھانڈان۔ توَے چھُہ لَناوتھ تہٕ کران مگر پوٗتس تِتھے پاٹھی زندگی ہِنٛدِن متعین حدن منٛز شرُوع پنس پیٹھ مجبوٗر تہٕ بے بس گژھان یِتھ پاٹھی اَکھ گاڈ آبہٕ مَنٛز ووٗٹھ تُلِتھ بییہٕ آلبس منٛز وکراو تہٕ پھیٚے یِوان۔

ڈرامہس مَنٛز چھےٚ یِمَن مختلف النوع کیفیژن ہنٛز باوَتھ دوٚن کِردارن ہِنٛدِ دٔسی کرنہٕ آمٕژ یِم مؤلہ کہٕ اداکار چھہٕ تہٕ سٹیجس پیٹھ چھہٕ آدمہٕ سُنٛد تہٕ حوایہٕ ہُنٛد رول کرنہٕ یِوان۔ مگر یہٕ سٹیج چھُہ تمن اَکھ قآد خانہٕ باسان یَتھ مَنٛز تم زِنتہٕ زنجوٗرٕ کرٕتھ بَند چھہٕ کرنہٕ آمٕتی۔ تم چھہٕ سٹیجس پیٹھ دٔوییمن ہِنٛدی رول کران کران پَسرٕ آمٕتی۔ تم چھنہٕ یژھان آدمہٕ سُنٛد تہٕ حوایہٕ ہُنٛد رول کرُن بلکہٕ چھہٕ یژھان پَننہٕ کردار پیش کرُن۔ تم چھنہٕ اوَے تم مکالمہٕ بولان تہٕ حرکژٕ کران یِمَن ہُنٛد تمن ہدایت دِنہٕ چھُہ آمُت۔ تم چھہٕ جمالنہٕ تہٕ سحابنہٕ حیثیژٕ پنٕنی پرٕزنتھ یژھان نہٕ زٕ آدمہٕ سُنٛدِ تہٕ حوایہٕ ہِنٛدِ حیثیژٕ۔ تِہنٛد رَدِ عمل چھُہ پرٛوڈوسرس تہٕ پرومپٹرس متعلق تِہنٛد ہو مکالمو تہٕ حرکژو سٟتی باوَتھ لَبان یِمَن مکالمن تہٕ حرکژن ڈرامہکِس مُسودس یا ہدایتس سٟتی کانہہ تعلق چھُنہٕ۔

زنانہٕ : جمال ووہ لاژلو ہا۔

مرد : کوٚت ژلو؟

زنانہٕ : یِیمہٕ سٹیجہٕ نمبر دوٚرٕ۔ یہٕ ہا چھُہ اَکھ ژھوٚٹ قآد خانہٕ ہیوٚ باسان۔
گژن تاتی فنٕن اندر اندر روزٕتھ زندگی ہُنٛد سانگ لاگُن چھےٚ
اَکھ بٔڈ بارٕ ریاکآری۔

مرد : سحاب ژٕ چھکھ پوٚز وَنان۔ مگر اُسی ہکَو نہٕ فی الحال یمو گژھِو تانی فِنٹو نمبر نیٚرِتھ زِندگی ہُنٛد کانٛہہ تہٕ تصوّر کٔرِتھ۔

زنانہٕ : اوہ، یہِ ژھوچر! یہِ حدبٔندی!

مرد : یہاے چھےٚ ساٗنٛز زندگی۔

زنانہٕ : تہٕ سون سوٗنچ؟

مرد : سُہ چھُنہٕ امہِ حدبٔندی تہٕ ژھوچرِ سٟتی ژھوٹان، بلکہِ چھُ واش کڈان........"

"چاٗری پاٗتھر" (آدم حوا تہٕ ابلیس) چھُ زندگی ہُنٛد سُہ ڈراما یُس اِنسان پننہِ پزھایہ ہُنٛد ہوٚٹ چیٖرِتھ دُنیٖ ہِکس سٹیجس پیٹھ گنٛدان چھُ۔ سحاب تہٕ جمال چھِنہٕ محض زٕ مخصوص فٔرد بلکہِ چھِ اُکس بٔڈس تنوظرس مَنٛز کلہم اِنسٲنی صوٗرتہِ حالُک تجسیم۔ یِم کِردار چھِ نہٕ روماٗنی تہٕ نہٕ ٹریجک بلکہِ چھِ یِم پننہِ تباہی ہُنٛد تماشہِ پانہٕ وُچھان۔ پننہِ پرژنہِ تھ ژھانڈنہٕ خاطرِ لگاوِتھ کرنہٕ باوجود چھِ یِم زِندگی ہنٛزن ٹھوٗس حقیقژن برونٛہہ کنہِ پنُن ہارُن مُقدر زانان تہٕ اَتھ تسلیم کران۔ ڈرامہکس آخرس پیٹھ چھُ پروڈوسر یہنٛد ڈراما تہٕ ختم کران۔ تمہٕ سنٛزٕ اوٚنگجہِ ہنٛد اکی اشارٕ سٟتی لاشن ہنٛدی پاٗٹھی یہنٛد پٔتھرس لاینہٕ یُن چھُ یہ کتھ شدید بناوان زٕ اِنسانس چھُنہٕ پننس مرنس پیٹھ تہٕ کانٛہہ اختیار تہٕ زندگی ہنٛز چھِنہٕ کتھے۔

یہ ڈراما چھُ اوٚک منظرٕ تہٕ اوٚک اٗنگی یتھ نہٕ سٹیجس پیٹھ پیش کرنس منٛزٕ کھیٚس تہٕ دُشوارٕی چھےٚ۔ ڈراما نِگارن چھُ اکھ پیچیدہ تہٕ نوٗزُک موضوع تتھ کٔنہٕ وٕرتوومُت زٕ اِمکی مکالمہ چھِ معنےٰ خیز آسنہٕ باوجود پیٹھی مس سوٚتھرس پیٹھ حسب حال تہٕ فطری باسان۔ موضوع دِکھ آسنہٕ سببہِ چھِنہٕ اَتھ منٛزٕ کردار

نِگاری ہِنٛز گنجائیش۔ "چارِ پاٚہتھ" ناو چھُ باسان "آدم حواہ تہٕ ابلیس" ناوٕ کھوتہٕ زیادٕ مناسب تکیازِ "آدم حواہ تہٕ ابلیس" چھُ کُنہِ حدس تام وضاحتی یوٚدوے طنزک عنصراُتھ مَنٛز تہٕ موجوٗد چھُ۔

علی محمد لون ہسٚندٮ۪ن اکثر ڈرامہن منٛز چھُ طنزیہ تہٕ مزاحیہ اسلوٗب ٹاکارٕ مگر یمن ہیٚکو نہٕ مزاحیہ ڈراماوٕنۍ تھ تکیازِ یم چھِنہٕ محض اَسن کھنگالہٕ تراونہٕ خاطرٕ لیکھنہٕ آمتی بلکہِ چھِ یمن مَنٛز عصری زندگی ہِنٛدی سنجیدٕ پہلو دَرشاونہٕ آمتۍ۔ یِتھے اَکھ ڈراما چھُ "دوٚہ رلبہ پنڈت"۔ یہ ڈراما لیوٚکھ گوڈٕ لون صابن ریڈیو باپتھ یِنہٕ پیٹھٕ پہ نشر تہٕ گوو۔ پتہٕ کرِس سٹیجہٕ باپتھ کینٛہہ تبدیلیہٕ۔ "دوٚہ رلبہ پنڈت" آو سٹیجس پیٹھ تہٕ پیش کرنہٕ۔ اَمیُک مرکزی کردار چھُ پانہٕ "دوٚہ رلبہ پنڈت" یُس تیٚتھ اکھ نوجوان چھُ ییٚمس مَنٛز موجوٗدٕ دورٕچہٕ خوٗبیہ تہٕ چھےٚ تہٕ خامیہ تہٕ۔ سُہ چھُ شاعر۔ تمۍ سٚندِ ولوٚہار چھُ گٔنی توت تہٕ گہےٚ ترٕن، تِتھے یُتھ شوٗدِس تہٕ صاف اِنسانس آسان چھُ۔ تمۍ ہسٚندی کٔنۍ چھِ سماجس مَنٛز ترٛنٛژہ کینٛہہ قدرٕ بے معنے یموٚ کٔنۍ ہنگہِ منگہِ رِشتن مَنٛز دوٗرٕ ہر ہیوان چھُ۔ سُہ چھُ پنٛنِس مائِس شراہ وٚری کوٗنس تہٕ تمۍ ہسٚندی کٔنۍ چھِنہٕ پہ زیادٕ فرق۔ سُہ چھُ مائس یعنی کاکس سیٚتۍ دوستانہٕ تعلق تھاونُک روادار۔ زنانہٕ تہٕ دوستن سیٚتۍ تمۍ سٚندِ ولوٚہار چھُ کُنہٕ تہٕ ریاکاری تہٕ بناوٹہٕ بغار۔ سُہ چھُ کاکس سیٚتۍ تاس گِندان، تمِس تھی تموک چوان۔

کاک : نےٚ تراوٕ اُتھ مَنٛز

دوٚہ رلبہ : کیازِ مہرا؟

کاک : (ڈبکس ژٕنڈ کڈِتھ) ہیا ہیا بنارٕ چاکیا، دِیان چُھکھا کیازِ۔

ژٔریے چھِے ناشرٕم تہٕ گرٛھان ماَلِس تمی۔

دوٚرلبھ : نہٕ مہرا تہٕ مےٚ کیاہ کوٚرتھ لایق؟

کاک : (ڈیکس بیاکھ ژٔنڈ کڈِتھ) ہیٚ ہیٚ کُس سہٕ کُل مِیگ آو۔ صاحبزادٕ چھُ ماَلِس تہی تموک چوان۔

دوٚرلبھ : ہتہٕ مہرا! توہہٕ برٛونہہ کنہٕ کیاہ تہٕ پتہٕ کنہٕ کیاہ۔ تموک تہٕ چھُ چوٚنے۔ نتہٕ آس ناتوہہٕ خبر۔ توٚہۍ ہیٚ ادرٕے مےٚ سگریٹ مَنگِتھ چوان چھو۔ (تھوٚد ووتھان) کاک، یہ مہراگیہٕ ریاکاَری۔

کاک : نہٕ باریاکاَری گیہٕ نہٕ، یہٕ گیہٕ بےٚ شرمی!

دوٚرلبھ : (رٕژہ کھنڈ ژکھ کھسان) نہٕ مہرا اَتھ منٛز کوٚسہٕ بےٚ شرمی چھےٚ۔ توٚہۍ تہٕ ہیٚ مےٚ تہی چوان چھو۔ سوٚ گیہٕ نا بےٚ شرمی؟

دوٚرلبھ شُند یہ رُوی یہ چھِنہٕ بَناوتھ۔ سہٕ چھُ زندگی ہنٛزِ خاطرٕ تہٕ بییہٕ ہنٛدی خاطرٕ اَسہٕ دِنی گنڈٕ وٕنی وٕچھیتی یِرٛھان۔ کاکُن ہنٛزِ زنانہٕ، سوٚ کھ رانہٕ تہٕ دوستن سیتی مذاق کران۔ اَتی مذاقس تہٕ اسنس گندنس منٛز زندگی ہنٛدین دارِیہن مامِلن پیٹھ ژلہٕ وٕنٕ مگر مےٚنے تیز تبصرٕ تہٕ کران۔ تمی ہنٛدِس کردارس منٛز یوٚسہٕ مُتل درہیٚتھی یوان چھےٚ تمیُک وجہ چھُ سہٕ پانہٕ ونان:

"کاک! یہ مُتل تہٕ نےٚ کرٕ یہ اَپزیور تہٕ اَتیا چاَری سمار نےٚ مےٚ اَکس منٛزس تہٕ سوٚ کھ سان روزِنہٕ دِیہ۔ کاک۔ اگر ہیٚ تہیٚ تہٕ مےٚ یہ مُتل کرِنس ٹھاک کرِو تیلہٕ مہرا کیاہ کرٕ یہٕ؟"

لون صابن چھِنہٕ اَتھ ڈرامہَس منٛز کنہٕ تہٕ جایہ ہنٛزٕ نقطۂ نظر ظاہر کوٚرمُت۔

ڈرامہکی کردار تہٕ تِہُند عمل تہٕ چھُنہٕ ڈرامہس مَنٛز کُنہٕ خاص موضوعس یا تھیمس کُن اشارٕ کران۔ فطری مکالموٗ، عام واقعہو تہٕ عمومی کردارٕو ہٕندِ ذریعہٕ چھُ یہ ڈراما بظاہر ہلکہٕ باسان مگر ڈرامہکُ فَن چھُ ڈراما نگارٕ سٕنٛزِ مہارژ ہُنٛد پرٕ ہتھ جایہ پیٚے دِوان تہٕ اَمیُک قائل کران۔ یہ ڈراما چھا موجودٕ دورس مَنٛز قدرن ہٕندِ زوالٕچ کہانی کُنہٕ دوٚن نسلن درمیان تمہٕ ٹکراوچ باوتھ یُس پرٕ ہتھ وِزِ اَکھ حقیقت روزٕ ہش پیٚھے۔ ڈراما نگار چھا تہذیبی تہٕ اِخلاقی قدرن ہٕنٛز طرف داری کرِتھ دوٚ ربہٕ پنڈت سٕندِس ولو ہارس خلاف کُنہٕ امیُک حامی —

یہ چھُنہٕ واضح تہٕ یتھ پاٹھی چھے موضوع یہ طرح تہٕ یہ ابہام اَمہٕ ڈرامہٕ ہِچ خوٗبی۔ شیٚن منظرن پیٹھ مشتمل یہ ڈراما یَتھ مَنٛز ستھ کردار چھ، چھُ لوٚن مأبنٕن ڈرامہَن مَنٛز ناوٕ ہٕنٛدس لایق ڈراما یَیمیُک اسلوب بڈٕ ماری موٚند چھُ تہٕ یَیمکی مکالمہٕ زوردار تہٕ دلچسپ چھ۔ اَتھ مَنٛز چھُنہٕ واقعاتی یا مکالماتی سنجیدگی کُنہٕ تہٕ جایہ درینٛٹھی یِوان مگر اَمہٕ کِس غار سنجیدٕ بُتھس پَتہٕ کُنہٕ چھے زندگی ہٕنٛز سنجیدگی تہٕ سنگینی۔ یہے چھ اَمہٕ ڈرامہچ خصوصیت۔ ؛

# "سُیا" - اکھ مطالعہٕ

علی محمد لون سُندین ڈرامہَن منز چھُ اہم ترین ڈراما "سُیا"۔ یہِ ڈراما لیۆکھ تمیٚ ۱۹۶۴ عیسوی یَس منز تہٕ اَمہِ پَتہٕ کَرٕ تمیٚ اَتھ دوٕیہِ پھِرِ نظرِ ثانی۔ یہِ گوٚو ۱۹۷۱ عیسوی یَس منز ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہِندِ مالی مَدتہٕ سِتی "بازتلاش وہار" سرینگرٕ کہِ طرفہٕ شایع۔ لون صابَ چھُ کتابہِ منز "پوٚت منظر" عنوانس تحت لیکھان :

> "سُیا' اوس مےٚ گوڈٕنچہِ لَٹہِ سَنہٕ ژُہاٹھ منز لیۆکھمت۔
> اَمہِ پَتہٕ لیۆکھُم دوبارٕ۔ تہٕ پَتہٕ لیۆکھُم ترٚیِیمہِ پھِرِ۔
> پانس یَیلہِ برو بدی آیم ادَے زونُم تہٕ ہیٚہ نٕشہِ واتناوُن
> مُناسب۔"

مشعل سلطانپوری سُند وَنُن چھُ زِ لون صابَن اوس گوڈٕ یہِ ڈراما اردوہس منز

لیٚوکھمُت تہٕ پتہٕ پھیرِن کاشرِس مَنٛزٕ[۱] "سُیا" چھُ گوڈنیُک کاشُر ڈرامایُتھ (۱۹۷۳ عیسوی لیٚس مَنٛز) ساہتیہ اکیڈمی ہُند انعام میوٗل۔

"سُیا" چھُ اَکھ توآریخی ڈراما مگر یہ چھُنہٕ تاریخی دستاویز بلکہ چھےٚ اَتھ مَنٛز تِم سارےٚ فنی رعایژ ورتاونہٕ آمژ یِم اَتھ فکشن بناوان چھےٚ۔ یہ چھُنہٕ تواریخ دوہراونہٕ خاطرٕ لیکھنہٕ آمُت۔ بلکہ چھُ اَکِس توآریخی کِردارٕ سٕندی ذریعہٕ اَکھ سُہ موضوع پیش کرنہٕ آمُت یُس ہمیشہ لگہٕ ہارِی اُز تہٕ چھےٚ۔ توآریخہٕ کِس پوٚت منظرس مَنٛز یوٚدوَے یہ ڈراما کشیرِ ہٕنٛزِ پٕتھ کالچہِ زندگی ہٕنٛز تہٕ عکاسی کران چھُ تہٕ گرٕتھ تہٕ چھُنہٕ اَمیُک موضوع وقتہٕ کِس چوکٹس مَنٛز قاد تہٕ نہٕ چھُ زمینی حد بٔندی یَن آویزٕ۔ مقامی سوٚتھرٕ پیٹھ تھوٚد وُچھتھ تہٕ وَقتکی حد ژٕٹتھ چھُ یہ ڈراما اِنسانی عظمتُک تہٕ تھٔدرُک ہمہ گیر موضوع دٲیراوان۔ تواریخ نؤیسس تہٕ تخلیقی فنٕ کارس چھےٚ یہے فرق زِ اَکھ چھُ صرف واقعات درج کران تہٕ بیاکھ چھُ یِمَن واقعہَن مَنٛز آفاقی عنصر ژھانٛڈتھ اِنسانی جذبن تہٕ احساسن ہُنٛد رنگہٕ آرُت بناوان۔ یتھ پاٹھی ادب زندگی ہیوٗ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ عام زندگی نِشہٕ بیوٚن تہٕ بدوٗن آسان چھُ تتھےَ پاٹھی ییٚلہٕ توآریخی کِردار تہٕ واقعات تخلیقی سوٚتھرس پیٹھ ورتاونہٕ چھِ یوان تِم چھِ توآریخٕکیٚن ہستی ہستی ہٕنٛزٕ تھاونہٕ باوجوٗد توآریخہٕ چوٚ حدٕبٔندی یوٚ نِشہٕ آزاد سپدِتھ کلہم تہٕ عالمگیر اِنسانی سوٚنچکہٕ تہٕ فِکرٕ ہٕنٛدی آینہٕ بنان۔ یونانی ڈراما نگار سوفوکلیس، یوروپیڈیز تہٕ اسکائیلز ہٕنٛدِن ڈرامہَن مَنٛز کہانِیہ تہٕ آسہٕ تِمہٕ وَقتہٕ کیٚن لوٗکن وٕہرٕ مگر ڈراما نگارو ژارِ یِم کہانِیہ یا کِردار اَمہٕ کِنۍ تکیازِ یِمَن مَنٛز آسی تِہنٛدی کِنۍ تِم ساری امکانات موجوٗدٕ یِم اِنسانی وۄندس

---

[۱] کاشرِ نثرٕکی تعمیر کارس ۔ ۹۰

تہٕ سونٛتس پرزنہٕ پأٹھۍ گاشرآوِتھ ہیٚکہٕ ہٮ۪ن۔ شیکسپیٖرٕ سٕندۍ کیٚنٛہہ کردار مثلن کِنگ ہنری، یا کِنگ رِچرڈس سیکنڈ تہٕ چھِ توآریخی کردار مگر یِم چھِنہٕ توآریخہٕ ہِنٛزِ باوٕژ موجوٗب پیش کرنہٕ آمتۍ بلکہ چھِ یِہُنٛدِ ذریعہٕ انسأنۍ زندگی ہِنٛدۍ مختلف تجربہٕ تہٕ مختلف رنگ باونہٕ آمتۍ یِہُنٛد تعلق توآریخس سٕتۍ آسہِ تھےٚ چھُ مگر اَمہٕ کھوتہٕ زیادٕ تعلق چھُ یِمَن اِنسأنۍ فِطرژ تہٕ انسأنۍ صورتہٕ حالس سٕتۍ یَتھ نہٕ کالہٕ باگے بدلاوِتھ چھِ ہیٚکان۔ یِتھ پأٹھۍ اَکھ شاعِر کٕنہٕ مُشرآوِ ہٮ۪تس لفظس مَنٛز باوٕژ ہِنٛدۍ طلسم خانہٕ وُچھِتھ تہٕ تمیُک تخلیقی قوّت پرزناوِتھ تَتھ پننہِ اظہارکہِ وسیلہٕ زنگ ورتاوان چھُ تِتھے پأٹھۍ چھُ باضے ڈراما نِگار تِمن یُتھ کألۍ واقعہن تہٕ کِردارن نوٚ زندگی دِوان تہٕ تِمن ہِنٛدِ ذٔریعہٕ پننین تجربَن ہنر باوتھ کران یِمَن مَنٛز سہٕ زندگی ہنٛدِ عرفانُک تخلیقی سوٚدرٕ وُزان وُچھان چھُ۔

سوال چھُ زِ ڈراما نِگارن کیٛاز کوٚر شیا ہِنٛدِ کردارُک تہٕ واقعہُک اِنتخاب۔ لون صأبنِن تخلیقن وٕون دِتھ چھےٚ یہِ کتھ پوٗرٕ پأٹھۍ کھٔرتہٕ ٹاکارٕ گژھان زِ سہٕ اوس اَکہِ فلأحی معاشرُک خاب گران۔ تمۍ سٕنٛد انسان دوستی ہُنٛد جذبہٕ چھُ اَمہٕ خابُک بنیأدی محرک۔ کٔشیرِ تہٕ کأشرٮ۪ن ہنٛز دَگ تہٕ لول اوس تمِس رمِس رمِس مَنٛز بٔسِتھ یَمیُک بَربَکہٕ اظہار تمۍ سٕنٛدٮ۪ن افسانَن تہٕ ڈرامہَن مَنٛز جایہ جایہ درینٛٹھۍ چھُ گژھان۔ بامے سہ "أسۍ تہٕ چھِ اِنسان" ناول آسۍ تَن یا "تقدیر ساز تہٕ" وہتھ روٗز پِکان" ڈراما، یا یتہٕ "لوکچہِ بجہِ کتھ" افسانہٕ۔ کٔشیرِ تہٕ کأشرٮ۪ن ہنٛدِ خأطرٕ تمۍ سٕنٛد یہِ اژھیوٚن لول تہٕ جَذبہٕ چھُ لون صأبَس اَکِس تتھِس فنکارٕ ہنٛز حیثیت دِوان یٔمیہٕ سٕنٛدِ فنکی تہٕ فِکرِ ہِنٛدۍ سَرچشمہٕ کٔشیرِ مَنٛزٕ رے وُزان چھِ۔ یہِ کتھ تہٕ

چھےٚ اہم زِ کٔشیرِ ہٕندِ پیکرکہِ حوالہٕ یِم موضوع تمۍ یَمہٕ فنٕ پأدٕن مَنٛز پیش

کرٟ تِم چھِ کأشرِ بن علاوٕ تِمَن لوٗکَن ہِندِ باپَتھ تہٕ نیٚتی لگہٕ ہار ییمَن اِنسانَن اندر پوٗز اِنسان بدٕ کڈنُک اموٗب ہاوَس چھُ آسان۔ مطلب یہ زِ علی محمد لون چھُ فِکرِ ہِندی تِم ناگہٕ راد بدٕ کڈان ییم تَمی سٕندِن ہم وطن سیٚتی سیٚتی کلہم اِنسأنی زِنٛدگی ہِنٛزن جذبن سگناوان چھِ۔ لون سٕندِن جذبن منٛز ییٚتہٕ تَمی سٕندِس ذأتی شعورس تہٕ ادراکس کأفی عمل دخل چھُ تِتہٕ چھےٚ تَمی سٕندِس اَتھ ولو ہارس پتہٕ کٕنہٕ سوٕ تابناک کأشرِ رِوایت تہٕ ڈٲکھ یوسہٕ یِتہٕ وَتہٕ بیٚیہ اِنسأنی مساواتچ تہٕ دوستی ہنٛز آینہٕ دار چھےٚ۔ سُہ فنکار چھُ پوٗز تخلیق کار آسان یُس پَننہٕ رِوایژ پانناونہٕ علاوٕ ییمَن مزید وُسعت دِنٛچ صلاحیت تھاوان آسہِ۔ اَمہِ حسابہٕ چھُ لون صاحب تخلیقی سوٗتھرِ بیٚیہ کأشرِ توأریخُک، تہذیبُک تہٕ تمدُنُک اَکھ نمایندٕ بنِتھ وُبران یُس کشیرِ ہندِن توأریخی واقعہَن تہٕ کِردارَن ہندِ حوالہٕ زندگی ہِندِن گُملین وَنَن زوٗل چھُ کران تہٕ اِنسانَن یہ کتھ باوُنس منٛز کامیأبی چھُ پراوان زِ تَس منٛز چھِ تِمہٕ تمام صلاحیتہٕ موجوٗد یِمہٕ زندگی ہِندِس کاروانَس سیٚزر تہٕ پزٕ ینہٕ وَتہٕ پکناوِتھ ہیٚکن۔

"شیا" سٕنٛد کِردار چھُ اَمی رِوایژ ہِندِ اَکھ ناگہٕ رادیُس از تہٕ کأشرِس تہٕ پزٕ بتھ ذی حس اِنسان ہنٛز ترِیش ہمراوِتھ ہیٚکہِ۔ لون صأبن ژور پننہٕ ڈراما خأطرٕ کشیرِ ہِندِ بتھ کالکُ یہ کِردار ییمی بُتراژ تہٕ اَتھ بیٚیہ لسَن بسَن والین ہندِ باپتھ اَکھ بوٚڈ کارنامہٕ انجام دِیُت۔ سُہ کارنامہٕ یُس نہٕ بظاہر اَکھ عام اِنسان سٕندی دٔسی ممکن اوس۔ اوے چھےٚ رِوایت زِ شیا اوس بھگوانہٕ سٕنٛد اوتار یا آدمی مُرس منٛز تَمی سٕندے روٗپ۔ کلہن پنڈت تہٕ چھُ تَمِس اِنسان سٕنٛد بدلہٕ پانہٕ اَن یِتی وَنان ییمی لوٗکَن ہِندی دأدی کأسِنہٕ باپتھ یَتھ زمینہٕ بیٚیہ زَنٛم ہیوٚت تہٕ پراز اونتی ورمن سٕنٛدی دوریٚ منٛز [illegible] کشیرِ پننہٕ کاہٕ جارٕ پہٕ علمہٕ سیٚتی

تہٕ بیٚنیہِ ژُکہٕ تہٕ ہمدردی سٟتی سہلاب ہٕ دراگو لِنشہِ نجات ۔ اُکِس چنڈالہ ہِندِ گرٕ پرٕ ہتھٕ باوجوٗدٕ اوس سُہ پَننِہ وقتک گاٹُل تہٕ وِہدوان ییٚمی شاہی خزانکہِ مدتہٕ سٟتی وِہتھ پاژناوَ تہٕ اُتھ کھالہٕ ناوِن سوٚتھی ۔ ییتھ کُنہ ہیٚے پہ وٚیتھ ہنزٕ تہٕ لوٗن ہیوٗل سُہلاب دِلوَس نِشہِ نجات ۔ شِیا بنوو پَنُنہ اُمی ہُنٛدی کارنامن اکھ لیٖجنڈ ییٚمِس اُندی اُندی وَقتس سٟتی سٟتی اُکھ مِتھ تیار گییہ / لوٗن صاحبِہ ڈرامہٕ مُک کرٕنہٕ یوٚدوَے اُتھی تواریخی یا اسطوری واقعہس ییٚٹھ دٕرِتھ چھُ تہٕ گرِتھ تہٕ چھُ پہ اَمہٕ نِشہِ الگ ۔ لوٗن صاحب چھُ پانہٕ لیکھان :

"اَز کاہ شتھ وٕری برٛونٹھ گِندہٕ آمُت یہ ڈراما چھُ سون تواریخ مگر تمہِ ڈراما نِشہِ الگ یُس بہٕ لیکھُن یژھان اوسُس۔ یہ مواد اوس نہٕ اَمہِ ڈراما بایتھ کأفی ۔ شِیا اوس میانِن نظرن مَنٛز کشیر ہُند اُکھ مأری موٚند تہٕ شاہہٕ بوٚڈ اِنسان ۔ فخرس لایق کأشر......" (ص ۵،۶)

"کلہنس ییٚٹھ تہٕ کوٚرُم شک ۔ تمۍ ہُندی واریاہ بیان باسے یِم یا تہٕ غلط نتہٕ زانِتھ مأنِتھ غلط طریقس مَنٛز پیش کرنہٕ آمتی ۔

"شِیا اوس نہٕ اِنسان سُہ اوس پانہٕ اَن بتی ۔

— یہ کتھ وُژھم نہٕ اَدٕ کِنی ہٕٹہٕ تکیازِ بہٕ چھُس پانہٕ ماہ پرس ۔" (ص ۷)

"بہٕ اوسُسن شِیا بہٕ حیثیتہٕ اُکھ آدم زاد پرزناوُن یژھان ۔ بہٕ اوسُس اُمی ہے اَدس ییٚٹھ ڈراما لیکھُن یژھان دیوتاہس

> پیٹھ ہٕ ۔ یہِ چھُ پزر زِ کلہن ہٕنٛدِ پیٹھ ازتام چھِ تواریخ
> نۄیسو عالم موٚ تہٕ تحقیق کرن والیو سیاہس بڑِ کھوتہٕ بڈی
> القاب دِتی مِتی مگر یِمن القابن منٛز چھِ سیٹھاہ کم انسانی
> صِفَت نظرِ گژھان ۔
> انسان سیٚاے چھُ یِمن القابن ہنٛدِس گہٕلِس منٛز غاے ب
> گژھان ۔ بہٕ اوسُس یہِ گژھِل مِٹاوِتھ سیٚاے ہنٛز شکل بَرٕ
> کڈٕنۍ یژھان..." (ص ۸ تہٕ ۹ )

ڈراما نِگارن چھُنہٕ سیٚا اُکس تواریخ دانہٕ ہٕنٛدی پاٹھی موٚلنوٚ مُت بلکہِ چھُن فنکار ہٕنٛدی پاٹھی تمۍ سُند آدمی بجرِ تہٕ انسٲنی تھزر بَد کوٚڈ مُت ۔ لون ماہنۍ دلچسپی چھِنہٕ واقعہکِس پزرس یا اُمی کِس اَپزُ آسنَس سیتی بلکہِ خوٚد واقعہس سیتی۔ تمِس لِش چھِنہٕ سیٚا تواریخُک کانہہ ورقُ بلکہِ زندگی ہنٛز کتابہِ ہُنٛد اکھ پر بزلوُن باب ۔ اِدَے چھیٚ تمۍ تواریخی یا نیم تواریخی واقعہٕ تہٕ کردار پیش کرنہٕ وِزِ کینہہ تمہِ رعایژِ ورتاوِ مژ یِمہٕ فن پارٕ تخلیق کرنہٕ باپتھ تمِس ناگزیر باسیٚ یہِ ۔ اُمہِ کتھہِ ہنٛز باوَتھ چھِ تمۍ پانہٕ کرٕمژ ۔ کینہہ کردار چھِن پانہٕ تخلیق کری مِتی یِم مرکزی کردارس دوٚد تلاوان تہٕ واقعہَس اغلب بناوان چھِ ۔ تواریخَس منٛز چھِنہٕ سیٚا ہٕنٛزِ ماجہِ ہُنٛد کردار دوٚد تلاونی مگر ڈراما نگارن چھُ یہِ کِردار رَتھ کٔنۍ پیش کوٚرمُت زِ یہِ چھُ سیاہس پتہٕ ڈرامہٕہک ڈویم بوٚڈ تہٕ جاذِب نظر کردار لبنہٕ یوان تہٕ کینژن جاین بنیادی کردار باسان یِمِس اُنٛدی اُنٛدی باقی ساری کردار گتہٕ کران چھِ ۔ کلہن سُنٛد گُف چھُ زِ سیٚاہن چیوٚو نہٕ چنٛڈالہِ ہُنٛد دوٚد بلکہِ لاجہس شوٗدری بایے دوٚدٕ موجوٗد مگر ڈراما نگارن چھُ [illegible] اُمی ٹھکہٕ بَرٕ ہُنٛد دوٚد پیوٚو مُت۔

تۆآریخی مواد ناکافی آسنہٕ کِنۍ چھُ تمۍ سُنٛد تخیٖل تِمن کِردارن زِنٛم دِوان یِم ڈراماہِی
کشمکشہِ تہٕ واقعہٕک جذبٲتی فضا وۄتلاوُن خاطرٕ لازمی چھہ۔ اَتھ سِلسِلس مَنٛز چھُ
چنٛدرکانتا یہِ ہُنٛد کِردار اَکھ ٹاکارٕ مثال یُس ڈرامہس مَنٛز تصوُرٕ مُک باعث بنان
چھُ۔ یتھ پٲٹھۍ چھہٕ ڈراما "سُیا" محض تۆآریخُک بازگشت بلکہ اَکھ تیوٗتھ خود
مکتفی فن پارٕ یُتھ کہِ مولوٗ ہٕ باپتھ تۆآریخی حوالن ہنٛز ضرورتھ چھہٕ آسان۔ ڈراما
نگارن چھُ سُیا سُنٛد کِردار اَدٕ موکھ ژورمُت تکیازِ یہ اوس کٲشرِن وِلیوٗد۔ اَمہِ علاوٕ
ہیکہِ ہے ڈراما نگار ہنٛز باوتھ اَمۍ ہے کِردارٕ سنٛدِ وسیلہٕ کٲشرِن ہنٛدِس تتھ
اِجتمٲعی لاشعورس شعوٗرکِس سطحس پیٹھ اَنِتھ یُتھ مَنٛزٕ یتیٖک شاندار تہٕ جاندار یتھ
کال گُپت چھُ تہٕ یُس بدس کالچہِ وۄتھ ہنٛدِس یٖیس چانٛٹۍ گنٛڈ دِتھ ہیکہِ۔ تاہم چھُ
کِردارَن تہٕ واقعہٕ چہٕ مناسبتٕ کِنۍ ڈراما نگارن" اَکہِ خاص قِسمُک سوٗنٛت سوٗنٛت
دیو مالاَیٔ ماحول" برقرار تھوٚومُت یُتھ پیٹھ" ہنٛد تہذیبُک گوٗن گوٗن اَثر"
چھُ۔ اَمۍ چھُ ڈراما نگار ہنٛدِ یٖیمہِ دعویٰ باوجوٗد زِ سہ اوس دیوتا ہنٛدِ بجایہ
سیاہس اَکھ آدمی زادٕ سنٛدِ حیثیتہٕ پرزناوُن یژھان، سُیا سنٛدِس کِردارس
سہٕ ژھیٖل ستۍ یُس اَکس لیجنٛڈری کِردارس آسان چھُ۔ اَمہِ باوجوٗد چھُ ڈراما
"سُیا" سہٕ فنی کارنامہٕ یُس واقعہَن ہنٛدِ تفصیلہٕ بجایہ یمن ہنٛزٕ معنوی تہہ دٲری
کِنۍ اَکہِ تخلیقی تجربُک بسیار جہٕرل اظہار چھُ۔

ڈرامہُک پلاٹ چھُ گُستھ۔ یہ چھُنہٕ کُنہٕ تہٕ جایہ ڈیٖول۔ کانٛہہ تہٕ واقعہ
چھُنہٕ بُکہِ آمُت۔ واقعہَن ہنٛدی مختلف کُڑی چھہ اَکھ اَکس ستۍ رٕتھ پٲٹھۍ وٲنٛٹھ
تہٕ یمہِ ہنٛز ترتیب چھےٚ تِمہِ آیہ زِ ڈراما نگار ہنٛزٕ ہوشمنٛدی ہُنٛد داد دِنٕس چھُنہٕ
چارٕ ے لگان۔ سُیا سنٛدِ زِندٕ پیٹھ تِمۍ ہنٛز ماجہ ہنٛدِس مرنس تام یِم واقعات

پَیدان چھِ تِم چھِ جُستہٕ جُستہٕ ڈرامآیی عمل تہٕ اَکھ مخصوص فضا وۄتلاوان ۔ یِم واقعات چھِ اَکِس بٔڈِس دورِس پیٹھ پھہلیتھ مگر ڈراما لِگارن چھِ کالِس کوٗم کرنہٕ خٲطرٕ تمہٕ واقعات ژٲری ہِتی یِمَن ہُنٛد تعلق ڈرامہِچہِ اِرتقٲیی عملہٕ سِتی ناگزیر چھُ ۔ یِم واقعات چھِ کردارن ہُنٛد اِرتقاء تہٕ تِہُنٛز اِنفرادیت تہٕ نٔنی کڈان تہٕ سِتی چھِ یِمَن پرکھاوان تہٕ ۔ ڈراما لِگارن یوٚسہٕ واقعٲتی ترتیب وَرتاومٕژ چھےٚ سوٚ چھےٚ یِمَن نوٚکتن پیٹھ ۔

- سُہ ماجنیاریُک مُنٛزرمرف مالے تہٕ موجبتھے یوت شٲمِل چھُنہٕ بلکہِ چھُ اولادِس صحیح تربیت کرنُک جذبہٕ تہٕ سِتی ۔
- بوٚدٕ تہٕ گیان ، تہٕ عوامکہِ فلاح خٲطرٕ اَمیُک ورتاو ۔
- اَکِس خاص مَسلَس متعلق لوٗکن ہُنٛد رٗوی یہٕ تہٕ اَتھ سِتی متصادم سپدنُک جذبہٕ ۔
- لولُس ، گرہٕستی ، ذاتُس تہٕ فرضَس درمیان کشمکش ۔ تہٕ ذات مُنٛشراوِتھ اجتماعی رٕژرِس زاین ڈیُن ۔
- دوٚر حوصلہٕ تہٕ عزم ، تہٕ مُنٛزلِس واتنُک امار ، یَیمہِ خٲطرٕ پاٹی پانےٚ دِتہٕ سیران چھےٚ ۔
- پننہٕ صلاحیژ تہٕ موجوٗد امکانات عملی سوٚتھرِس پیٹھ ورتاوِنی یَیمیُک نتیجہٕ کامیابی تہٕ کامرآنی چھُ ۔

ڈراما لِگارن چھِ مختلف کردارو تہٕ تِہُنٛز عملہٕ ڈٕسی یِم نوٚکتہٕ وۄتلاوِتھ پلاٹُس سُہ زوزہٕ تہٕ بخشٕمُت یَیمہِ کِنہٕ اَکھ ترتھ نامیاتی وحدت بارسَس یوان چھےٚ یوٚسہٕ زٕمینی تہٕ زمآنی سوٚتھرِ پیٹھ تھوٚد وٕتھتھ آفاقی تہٕ بسیار جہتٕل بنان

چھےٚ۔ واقعہٕ چھُ یاد وٕوٚترکیوتھٕ خانو منٛزٕ نیبر نیرِتھ تازٕ ترٟین صوٗرتہٕ حالک روپ تہٕ آکار رٹان۔

"سُیٚہ" چھُ اَکھ کرداری ڈراما۔ اَمیُک بُنیادی کردار چھُ سُیا۔ اَمی مرکزی حیثیژ کِنۍ چھُ سُیا ڈرامہک عنوان تہٕ۔ سُیا چھُ ڈرامہس منٛزٕ تھٕنہٕ پیوان، بڑان تہٕ ارتقائی منٛزِل طے کران۔ ڈرامہُک گوڈنیُک واقعہ چھُ تمۍ ہنٛدِ زہنک بیٚیمہٕ سٟتۍ تمۍ ہنٛزٕ غار معمولی حیثیژ ہُنٛد پے پتاہ لگان چھُ۔ یہ چھُنہٕ معلوم زِ سُہ کمۍ ہنٛدِ ڈٕمبہٕ پھوٚٹ مگر ییتہٕ پَتہٕ چھُ ضرور پتاہ لگان زِ سُہ چھُ اَکِس مثالی اِنسان ہنٛزٕ تم سارے صلاحیژ تھاوان ییم تمِس اکھ منفرد کردار بناوان چھےٚ۔ اوٚرے چھُ یہ احساس گنان زِ سُہ چھُ اِنسان ہنٛدِس روٗپس منٛزٕ پانہٕ اَن یتی یا چھُ بھگوان سُنٛد اوتار۔

"ہر گاہ ژٕ کانٛسہٕ ہنٛدِ ڈٕمبہٕ زلوٕ نِکھ تیٚلہٕ کیاہ کرِ نِکھ ییتھ
سمسارس ییتھ۔ بیٚیمہٕ سمسارکۍ رِشتہٕ گرژھ ہانٛنے ہانٛکلہٕ
ہوی ناگی تہٕ ژٕ تہٕ آسہٕ نِکھ اَکِس بیٚنِس ہیُو اَکھ منوشا
لیُٚ پرِ ہیتھ چیٚنژِس بھگوان ہنٛزٕ مرضی زانٛنتھ پانٛس
ژھوپہٕ دَم کرِتھ بہان چھُ تہٕ کہیں چھُنہٕ کران۔"

سُیا چھُ بالہٕ پانٛہٕ پیٹھے ذہین۔ سُہ چھُ پننہٕ ذہانژِ سٟتۍ گورس حاراٚنی ہنٛدِس حدس تام مُتاثِر کران۔ تمِس ییم سوال ذہنس منٛز وٕتلان چھِ تِموٕ سٟتۍ چھِ گورِ سُنٛد موکُل آگاہ تمِس منٛزٕ اَن پتی سُنٛد روٗپ وُچھان۔ سیاہس چھےٚ گوڈٕ پیٹھے سُہلابہٕ دیوِس سٟتۍ لرٕنٛج کُل۔ سُہ چھُ اکثر بلکہ دوہے وٕنیتھ منٛزٕ سران کران۔ اَتھ اَکِہ اَنٛدٕ پیٹھٕ بٟنیس اَنٛدس تام ژھانٛنہٕ تران تہٕ اَمہٕ کِس ژٕکِس

تَل وُسِتھ کرودک سبَب تلاش کران۔ سُہ چھُ ذٔہین، حوصلہٕ مند تہٕ لۄکن ہُنٛد خاطرٕ خواہ۔ یِم سارے قووٕژ چھےٚ یکجا سٔپدِتھ تمہٕ ہنٛزِ مہم جوٗ شخصیژ ہنٛز تشکیل کران۔ تِمس نِش چھےٚ یپ کا یہٕ رٔژنچ ترکیب تہٕ ماجہِ کٔشیرِ ہُنٛدٕ ژکھ چھُ تِمس وٕنیتھ ہِنٛدِ آگرٕ بیٚٹھ اَمہِ کِس اَتھس تام سام ہیٚنہٕ باپتھ آمادٕ کران۔ سُہ چھُ ماجہِ ہُنٛد لول، ژٕنذرِ ہٕنٛد سرٕہیہ تہٕ لۄہہ لنگرٕچ مائے۔ سورُے ترآوِتھ وٕنیتھ ہنٛزِ ہموار روآنی خاطرٕ ہۄل گنڈان۔ تتھ معاشرس منٛز ییٚتہٕ عام انسان ہِنٛدِ بیٚٹھ رازٕ دربارس تام سٔارٕی سٕہلابٕس پننٕ مقدر زٔانِتھ حالاتَن ستی سمجھوتہٕ کٔرِتھ آسی، اِنسان ہِنٛدی دٕسی پاہٕ پننٕ تقدیر لیکھن آس اَکھ مُتی لاٗزیاہ۔ چنانچہٕ سیاہس تہٕ چھہٕ لۄکہ پاگل وَنان مگر سُہ چھُ تتھ تمنٛزرس بیٚٹھ ییٚتہٕ نَس پہٕ تِمس نِشہٕ کِہنہٕ حقیقت ژوٗرِ چھےٚ۔ تمہٕ سُنٛد حوصلہٕ تہٕ عزم چھُ رازٕ اونی ورِمن ہِنٛدِن خابَن ہُنٛد تعبیر بنان۔ وٗزیرٕ سنٛزِ مخالفژ باوجوٗد چھےٚ رازٕ سنٛزٕ وۄمیٚد یٔقینس منٛز بدلان زِ سیا ہیے ہیکہٕ مُلکس سٕہلابہٕ کہٕ تاونہٕ نِش بچاۄِتھ۔

"وزیر : رازن ! سیا چھُ موت۔

رازٕ : اَسہٕ کھۄت تمہٕ سُنٛد منٛزرٕ ٹارٕ۔ تَس چھُ منٛزرٕ آمُت

اَکِہ خاص کامہِ باپتھ۔ سُہ چھُ میتھو مُت اَکہِ آدرشہٕ

اَکہِ مقصدٕ باپتھ۔ بٔڑ باگہٕ دان موت گٔژھِ آسُن !

بٔڑ کلیان کٔارِی موت۔"

سیا یۄہ سہٕ کام اَنزٕ راوان چھُ سۄ ہیکہٕ ہیٚے تِمن مخصوص حالاتَن منٛز اَکھ دیوٕ تہیے کٔرِتھ مگر تمہٕ پتہٕ تہٕ چھُ سُہ اِنسان۔ اَکھ تیتھ اِنسان ییٚمِس چندر کانتا یہٕ ہُنٛد مَتھ تہٕ چھُ، ماجہِ ہنٛزِ مایہٕ ہُنٛد احساس تہٕ چھُ تہٕ عام زندگی ہنٛز مزدورژ تہٕ چھےٚ۔

اَکِہ طرفہٕ چھُس رِشتن ہنٛز ہالنکھِہ تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ بُترآژ سوٚ چھ واتناونکھ زبردست جنون یُس تٔمِس اندر داخلی تصوٗدم وۄتلاوِتھ تٔمۍ ہنٛز شخصیژ معروضی بناوان چھُ۔ موٗزوٗرن سٟتی تٔمۍ سٕنٛد یہٕ مکالمہٕ چھُ اَمی معروٗضی شخصیژ ہُند اِظہار:۔

• "سُیا:۔ اَمِس وُنیو بُتہِ چھُس اِنسانے۔ کُنہِ چھُس نہٕ پھوٚٹمُت۔
میٚے تہٕ چھُ اَمی ہٕنٛدی پاٹھۍ گرٕ بار۔۔۔ ماَجہِ،
آشیٚنۍ یُس سُنتان چھُ زیٚنہٕ وول۔ میٚے تہٕ چھِ
ہاوس، امارتہٕ ارمان۔ بہٕ تہٕ چھُس اِنسان۔ کُنہِ
پَل چھُس نہٕ۔"

یا • "ژٕنِدر چھیٚ ماجہِ بنَن واجینۍ۔ بہٕ چھُس مول بنَن
وول۔ ماجہِ چھیٚ شیٚچھی سوٗزہٕژ دوٚشوَے چھِ وارے۔
مگر بہٕ چھُس نہٕ وار۔ میون دِل، میون روح چھُ ہتھند
باپتھ کریشان۔ (خود کلامی)

یا • "اَسہِ ما چھیٚ دِل دِتھ کام کرنٕس ہاَل۔ اَسہِ چھُ
وُلہ وُلہ گرٕگ، شرٕپن ہاژن ہٕنٛد سوال یِوان۔ تکیازِ
اَسۍ چھِ ساری ژکہِ مایہِ ہتی، لولہٕ مٕتی" (خود کلامی)

یُتھ کتھ کُن چھُ گوڈے اِشارٕ کرُن نہٕ آمُت زِ تواریٖخی اعتبار چھُ سُیا اکھ اہم شخص مگر تٔمۍ سٕنٛز ذاتی زندگی متعلق چھُ واریاہ کم مواد دستیاب۔ تاہم چھِ لون صاَبن تٔمۍ سٕنٛد کردار ووتلاونہٕ خاطر کینٛہہ تِتھۍ زندگی آمیز تہٕ زندگی آموز واقعات گرٕی مٕتی یِمو کِنۍ سُہ اکھ ابدی تہٕ لازوال ڈرامایی کردار تہٕ بنیومُت چھُ یِمو سٟتی اکھ دیوتا صفت آسنہٕ باوجود تیٚتھ اِنسان تہٕ یِمی سٕنٛدِس وٕچھیَس

مَنٛز دُب دُب کرُن دِل تہٕ چھُ۔ عام طور چھُنہٕ یِمَن کِردارن ہُنٛز سوٗ شبیہہ بدلاوٕنۍ یا تِتھ مَنٛز کانٛہہ تبدیلی کرٕنۍ مُمکِن۔ یوٗت سہٕ شبیہہ توٗ آرِکِن محفوظ آسہٕ کرٕمٕژ۔ مگر ڈراما لِنگارن چھہٕ سُیا ہِنٛدِس خاکس مَنٛز تِم رنگ بَرۍ متۍ یِم اِنسٲنۍ زندگی ہِنٛدۍ خاصہ چھہٕ۔

ڈرامہِک دۆیِم بوٚڈ کِردار چھُ چنڈالہٕ ہُنٛد۔ کینٛژن جاین چھُ باسان زِ ڈرامہِکُ سارِوٕے کھوتہٕ اہم کردار چھُ یوٚہے۔ لون چھُ پانہٕ اُمِس متعلق لیکھان :

"مےٚ چھُ یَتھ ڈرامہس مَنٛز اٲمۍ سے ڈٕکہٕ بَجہٕ ماجہٕ
(چنڈالہ) ہُنٛد کردار زیادٕ پوٚتھراوٕنٕچ کوشش کٔرمٕژ۔
بلٕکے سارۍ کردار چھہٕ اٲمۍ سے اَندۍ اَندۍ نَژان۔"

چنڈٲل چھےٚ سُیا ہنٛز موج۔ سوٗ موج یمِہ تہٕ تمِس زَنٛم دِیُت مگر یمِہ پننہٕ ماجہِ یارٕ سِتۍ سہٕ لولہٕ للہٕ نوٚو۔ سوٗ چھےٚ بظاہر اَکھ معمولی زنانہ یوٚس لوٗکن ہُنٛد ترووٕمُت ژھوتُھ صاف کران چھےٚ مگر تمٕۍ سُنٛد دِل چھُ وسیع تہٕ ہِتُر غارِ معمولی۔ یُتھۍ تُلۍ ہتس شرُی ہِنٛز تربیت کرٕنۍ۔ سہٕ پاٹھہٕ شالایہ سوزُن تہٕ تمۍ ہِنٛزن صلاحیژن ہِنٛز قدر کٔرتھ تِمہٕ یِمع وَتہٕ لاگنہٕ ___ یِم خصوصیژ چھےٚ تمۍ ہِنٛدِس کرداریس اَکِس عام زنانہِ ہِنٛدِ معمولی سوٚتھرٕ بیٚٹھ تھوٚد تُلِتھ اَکھ جوہر شناس بناوان یوٗسہٕ ژھوٚٹِس مَنٛز بیٚہمتِس لالس پرزناوِتھ تہٕ پرکھاوِتھ چھےٚ ہیکان۔ سوٗ چھےٚ دِوان ثابت کٔرتھ زِ " بوٗد چھُنہٕ راز بھونٛ منٛزے یوت ووپدان۔ عقل چھہٕ ژھیپہٕ پھٔرِن مَنٛز کھٔٹِتھ آسان تِتھے کُنٛزۍ یِتھ کُنٛزۍ یوتٕ ونٛن مَنٛز امرتُکُ آگُر۔ تمِس چھُ سُیا ہِنٛزِ پراوکُن مول بتاوہٕ پتہٕ سِتۍ تِمس کامہٕ ہُنٛد

تہٕ ییٚمہٕ باپتھ سٕیاّ ہۄل گنڈان چھُ ۔ اوَے چھےٚ سۄ سٕیاہَس ماجیناریہ ہالکٕہ ژٕٹنہٕ خاطرٕ دِتِش دِوان ۔ تٔمِس سٕہ سِر تہٕ باوان یُس تمہٕ پننِس وُچھَس مَنٛزٕ گیٛت تھوٚومُت اوس زِ سٕیا چھُنہٕ تمٕ سُند نیٚچو بلکہٕ اوس تمہٕ سٕہ دُتہٕ پیٛتھ توٚلمُت ۔ یہِ سورُے چھےٚ سۄ اِہ مۄکھ کران زِ سٕیا گوٚژھ رِشتن ہنٛدِ محدود دآیرٕ مَنٛزٕ آزاد سٕپدِتھ رِشتن ہنٛدِس أکِس وسیع تہٕ کشادٕ دآیرِس مَنٛز دآخِل سٕپدُن تِکیازِ تٔمِس اوس احساس زِ سٕیاہَس اندر یِمہٕ صلاحیٛژ موجود چھےٚ تِمن ہنٛدِ ورتاوِ چھےٚ ماجہِ کٔشیرِ زیادٕ ضروٗرَتھ ۔ اَمیُک مطلب چھُنہٕ یہِ زِ سۄ چھَنہٕ رِشتن ہنٛزٕ قآیِل ۔ پَزر چھُ یہِ زِ تٔمِس چھُ باسان زِ تہٕ چھُ تمٕ وُڈٕ دُن پآز بَنٛد کوٚرمُت ۔

سۄ چھےٚ چیٚندر کانتایہِ وَنان ۔ :

" داریاہَس کالَس دُدِتھ رٕوِتھ زوٗن مےٚ یہِ پَزر زِ أسی روٗدی ازتانٔ سیاہَس بُتھِ ۔ اَمہِ یور أمِس بُتھِ روزُن گۄو أمِس سٕتی أنیاے کَرُن ۔ "

" ژٕندرٕی ! مےٚ تراوِ أمِس گۄڈٕ پٔننہٕ موٚمتایہِ ہٕنٛزٕ ہالکٕہ نآلی زوٗکُم دٕلو یِھتےٚ کٔنٛز بازِیم ۔ مگر أمی سُنٛد آکار تہٕ انہار وُچھِتھ تورُم فِکرِ زِ مےٚ کوٚر وُڈٕ دُن پآز بَنٛد ۔ یِتہٕ کوٚرمَس ژٕیےٚ سٕتی کھاندر ۔ یہِ زآنِتھ زِ بیاکھ ہالکل گژھِ ہس نآلی چانہِ مایہِ ہٕنٛزٕ ہالکل ۔ مگر مےٚ باسیوو زِ أمی ہٕنٛزٕ آتما روٗزٕ تو تہٕ کریشآنی ۔ أمِس میوٗل نہٕ سۄ کھ ۔ نہٕ میٛانہِ کوچھِ مَنٛزٕ نہٕ چانہِ کومہِ مَنٛزٕ ۔ "

چنڈالیہ ہنٛزِ کِردارس مَنٛزٕ چھَنہٕ موجی لۄ ت بلکہِ اکھ ووستاد تہٕ یہِ وُچھِتھ زِ

سُیا سُنٛد روح چھُ بے سوکھ، چھِنےٚ سو وآلنہٕ ہِنٛدِس تَتھ مُنزلَس بیٹھ تہٕ اولادِس پانَس لِنشہٕ دوٗر کرنَس پیٹھ تیار، یِیتِھن تمِس سُیا سُنٛد ذُسی سو چھ وآتنتھ ہیکہٕ ہےٚ۔ سو چھنےٚ پننٛ ذاتھ مُشی رآوِتھ سُیا سُنٛز شخصیژ وو ٹلنگ برپوٗر موقعہٕ دِوان۔ یِتھ پاٹھی چھہٕ تمیٚ سُنٛدِس کردارس مَنٛز ماجہٕ علاوٕ اَکھ ووستاد تہٕ۔ "سو چھنےٚ سُیاہَس وِزِ وِز ترہتس پاوان زِ سُہ چھُنہٕ اَکھ سادارَن اِنسان۔ بلکہٕ سُہ اَکھ منوش یَس لوٗکَن ہُنٛدرُت کاکھِن چھُ۔ سارِہے رُت کرُن چھُ۔ تَس چھُ پانہٕ تکلیف تُلِتھ لوٗکن آرام واتناوُن۔"[۱]

چندر کانتا یہٕ ہُنٛد کِردار چھُ سُیا سُنٛدِ وجوٗدٕچ تکمیل۔ سو چھنےٚ دیوتا صفت سُیا سُنٛدِس کِردارس اِنسانی زندگی، ہِنٛدِس دآیرس مَنٛز شامل کرِتھ تمیٚ سُنٛز گرٛیکہٕ دُنہٕ جوآنی ہُنٛد تہٕ لولہٕ ہَتہٕ دِلک اِستعارٕ بنان۔ سو چھنےٚ سُیا سُنٛز مادی زندگی ہنٛز کُشش تہٕ تمیٚ سُنٛدِ ذاتک تجسیم۔ تمیٚ سُنٛدِ کِردارٕ وَرآے بنہٕ ہےٚ یہ ڈراما اَکھ میلو ڈراما یَتھ مَنٛز ہنہٕ معروضیت پآدٕ سَپدِتھ ہیکہٕ ہےٚ۔ تکیازٕ تمیٚ سُنٛدِ آسنہٕ بغٲر ہیکہٕ ہےٚ سُیا سُند کِردار اوٚک پاسے روٗزِتھ تہٕ تمِس آسہٕ ہےٚ محض دیوتا سُنٛدے یوت روٗپ۔ ڈراما لِنگارن چھُ چندر کانتا یہٕ ہِنٛدِ کِردار ذٔریعہٕ تمہٕ تناوُک منظر وۄتلوومُت یُس ڈرامہ ہَس مَنٛز فردَس تہٕ لوٗلَس، دِلَس تہٕ دِماغَس تہٕ ذاتی آرامَس تہٕ اجتماعی سوکھَس درمیان تضادٕچ شکلہٕ مَنٛز درینٛھی چھُ گژھان۔

چندر کانتا یہٕ ہُنٛد گھر بار چھُ گوڈٕے سُہلابہٕ بزی گوٚمُت یَتھ مَنٛز تمیٚ سُنٛز موٗج تہٕ مارٕ گآمژ چھنےٚ۔ یِتھ پاٹھی چھُ سُیا سُنٛدِ وجوٗدُک اَکھ حِصہٕ

---

[۱] علی محمد لون، سُیا (یوٗت منظر)

چندر کانتا یہ ہندِس کردار ہِندِس صوٗرتس مَنٛز گدٕرِتھ تمہِ تجربہ مَنٛزی ڈرامٕٹ یُس شہلاب پنہٕ کنِ لوٗکَن سٕرٕن پہوان اوس۔ امہٕ کنِ چھ شہلابَن ہُندِ ریوٗٹ کرُن اجتمائی نوعیژ ہٕنٛز اہمیت تھاوہٕ باوجود سُیاہِنٛدِ بابتھ لاشعوری سلمس پیٹھ اکھ ذآتی مَسلہٕ تہٕ یُس تمِس مَنٛزٕ لس تام واتنہٕ خاطرٕ بنیاَدی وُتشاوِچ کاَم دِوان چھُ تہٕ تمِس رٕتوی تہٕ مازٕوی انسان بناوان چھُ۔ اَمِ استعارآتی اہمیت اوٚک طرف تراوِتھ چھےٚ چندر کانتا اکھ حساس تہٕ زِندٕ دِل زنانہ یمیٚس خاندار ہِنٛدِ دوٗری رُک کرِ پھِرتہٕ توس تلان چھُ تہٕ یہ زانِتھ چھُس خوٗشیہٕ ستی اَشی گنڈ تہٕ پھٹان زِ سُیا چھُ لُکہٕ ہٕنٛزٕ مَس مَنٛز فقط تمیٚ سے وَتہٕ گاران) چندر کانتا ییلہٕ سُیاہِنٛز جدآیی مَنٛز گیر گژھتھ سِٹھی دوہ دآسی آسان چھےٚ سُیا ہِنٛز موج چھےٚ تمِس پنُن خاب بوزناوان:

چنڈآل : ژٕندری۔ مےٚ ہے گیہ وِنی وِنی زوٕل مِش تہٕ سوٕ پنُن آم۔

چندر : سوٕ پنُن ؟

چنڈآل : آہنِ سوٕ پنُن ہے۔ سوٕ پنس مَنٛز وُچھم سُیاَ۔

چندر : پزی ہےٚ ما آجی !

چنڈآل : آہنی۔ تَسٕ ہِنٛزٕ درٕ ہے ! وُچھم ہے اُکِس وُڈٕر کھسان۔ ہیٚوٚر سُے ہیٚوٚر۔ تہٕ بہٕ تس پتہٕ پتہٕ آلو آلو دِوان مگر سہٕ ماجہٕ ہٕنٛدٕ گوٚبرٕنے پوٚت نٔظرٕ تہٕ دِوان۔ مےٚ ہے تسٕ پتہٕ لاٚری لاٚری کوٚٹھ لوسان مگر تسٕ مٕتس نہٕ ہیٚکی لگان !

چندر : ما آجی !

چنڈآل : بوزان گژھی ۔ آخرس ہے وآژس بہ کھی تانی کھتانی
ووڈر بیٹھ ۔ اتہِ ہے وُچھم بدلے تماشا۔

چندر : کہیٚ تماشہ ماجی ؟

چنڈآل : اتہِ ہے وُچھم لکہ ارساتھا سیاہس ہتھ پوان ۔ تس
پرن پہوان تہٕ میون سہ مآری موٚند پوٚ تھر سارِنے
اکہِ اکہِ تھوٚد تلان تہٕ پرژھان ( ہوٚٹ چھس لگان زن)

چندر : کہیٚ اوسکھ پرژھان ؟

چنڈآل : پرژھان اوسکھ ژٕندر آیہٕ نا ؟

چندر : ماتاجی ! ( ہِی وَنان وَنان چھس نالہ متہٕ رٹان تہٕ ہکی
چھس لگان ) ماجی !

" ژٕندر آیہٕ نا " چھُ سہ آب لیُس سیاہسنٕد دورِ رکس نارس یکدم ژھیتہٕ چھُ کران
یتھ منٛز سو ہہنہٕ چھےٚ آہٕرٕ ۔ یہ زآنتھ زِ سو چھےٚ سیاہسنٕدِس رٕمس رٕمس منٛز بستھ
تہٕ تمہِ ساتہٕ تہٕ تمی ہسنٕد جستجو ہک مرکز ییٚمہِ ساتہٕ سہ پایہٕ لکہِ ارساتکُ مرکز
چھُ ، چھُ تمِس سستی ڈراما پرن وآلس یا بوزن وآلس کنٛھارسس گژھان ۔
یہ منظر چھُ ڈرامہس منٛز سارِوے کھوتہٕ جذباتی تہٕ چندر کا نتایہ ہنٛد کردار چھُ
امہِ منظرک باعث ۔

ڈرامہکین دوٚیمین کردارن منٛز چھُ راز اوتی ورمن سنٛد کردار پرنیہ وُن ۔
سہ چھُ اکھ عوام پرور تہٕ نیک دل پادشاہ ۔ تمُس چھُ احساس زِ ملک آباد کرنٕ
گوو نہٕ مندورِ ، مندر تہٕ گھاٹ بناونی بلکہ چھُ ملکچہِ خوشحالی ہنٛد راز لوٚکن ہنٛزِ
اقتصادی پاپچی ... اوٚسے تہٕ چھِہ ... وزیرِ ... کتوری ... تہٕ عوامس

درمیان ٹھوٗر بنان ۔ سُہ چھُ سُہلاب ڈُسی عوامس درپیش مسلہٕ تہٕ تہندی دوہکہ
تہٕ دادی نہ صِرف زانان بلکہٕ تہنز دگ تہٕ ژینان ۔ اُمیکُ چارٕ کرنہٕ خاطر
چھُ بۍ سوکھ تہٕ بۍ قرار ۔ یہ زانتھ زِ سُیاہس چھُ وہتھ تو بُو کرنکُ جنوٗن
کلس ہیٚتھ تہٕ سُہ ہیکہٕ سُہلابس روٗٹ کٔرِتھ، چھُ سُہ پننہِ خزانہٕ تمِس آیہِ تن تھاوان ۔
سُہ چھُ سُیاسندِ گیانچ تہٕ تمہٕ کرِ ورتاوچ کامیابی وُچھتھ خوش گژھان تہٕ اُمہِ کِس
اعترافس منز بۍ مثال جشنُک اعلان تہٕ کرناوان ۔ یتھ کنۍ چھُ رازٕ اونتی ورمن
سُند کردار مُدبر تہٕ دیدٕ ور حکمران ہنزِ حیثیژ منز بروٗنہہ کُن یوان یُس ڈراما نگار
سُندِ سہ آئیڈیل تہٕ چھُ یُس سہ اقتدار کین ایوانن منز وُچھن چھُ یژھان ۔

ڈرامہس منز چھِ یمن علاوٕ گوٗروٗ، وٗزیر، جے دیو، چنڈال تہٕ دوٚیمی کردار
تہٕ یہنز حیثیت ضمنی چھےٚ ۔ اما پوٚز سوٗتر دھار چھُ اکھ بھرپوٗر کردارٕ سٕنز صورت
رٹان ۔ سوٗتر دھار چھُ یوٗنانی تہٕ اُنزتھی ڈرامہن ہندِ کورسُک مترادف ۔ یہ
چھُ پرانین سنسکرت ڈرامہن ہُند اکھ لازمی جزٕ تہٕ وُنی کینس تہٕ چھُ یہ کینژن
ہندوستانی زبانن منز ڈرامہچہِ ٹیکنیکہِ منز شامل ۔ یہ چھُ کُنہ کُنہ کانٹرس
مکہٕ تھیٹرس منز تہٕ درینٹھی یوان ۔

سوٗتر دھار چھُنہٕ ڈرامہس منز سوٗتر دھارے یوت ۔ سُہ چھُ راوی ہسندِ
علاوٕ ڈرامہچہِ عملہٕ منز شامل ۔ سُہ چھُ سٹیجس پیٚٹھ سپدن واجنہ عملہٕ تہٕ وُچھن
والین درمیان واتہٕ نیارُک ذریعہٕ بنان ۔ سُہ چھُ مختلف واقعہن درمیان ربط
پادٕ کرنس منز تہٕ مدد کران ۔

سوٗتر دھار چھُ پانہٕ وُق یُس زندگی ہُند ڈراما وُچھان تہٕ چھُ تہٕ ہاوان تہٕ ۔
تہٕ چھُ پانے فاعلہٕ تہٕ کران ۔ سوٗتر دھار چھُ کاہ سُہ ورِی برو ٹھ سپدے ہتہٕ

واقعہٕچ گواہ چھ از کال تہٕ چھُس سورے دیدمان توَے چھُ ڈرامہکس شروٗعس منٛز لوٗکن کُن وَنان:-

"تہٕندِس یَتھ نگرس، یَتھ شہرس منٛز چھُ تہٕ کیا یُتھ زَن
توٚہی گنڈِو، دَزٕوکِو، اَسو تہٕ دِل بہلاٲیِی کٔرِو...... بہٕ چھُس
نہٕ باشن دِنہٕ یا تقریر کرنہٕ آمُت تکیازِ مےٚ چھےٚ خبر.....
..... زِ تقریر بوزِ بوزِ تہٕ باشن ژاٲلی ژاٲلی چھِو توٚہی
پُسرٕ آمتی...... یَتھ شہرس منٛز چھُ وُزی یہ کٔین
باہن[۱۲] رہتن تقریرن ہُنٛدے موسم روزان۔"

دَق چھُ پرٕہتھ کانٛسہٕ پرکھاوان۔ یَتھ اِقبالن وٚون زِ ے

تجھ کو پرکھتا ہے یہ مجھ کو پرکھتا ہے یہ
سِلسلۂ روز و شب صیرفیِ کائنات

یہ چھُنہٕ کانٛسہٕ تہٕ پراران سِواے تمِس یُس اَتھ موچھِ منٛز رُٹ پیٚیٚتھ۔ شیا چھُ پننہٕ عزمہٕ تہٕ حوصلہٕ، عقلہٕ تہٕ مایہٕ ہنٛزِ و خصوٗصیتٕو کِنۍ وَقتَس پیٹھ حاوی گژھان۔ یُس کارنامہٕ سُہ انجام دِوان چھُ سُہ کارنامہٕ چھُ وَقتکہٕ اَکہٕ مخصوص حِصُک عنوان بنان۔ ڈرامہس منٛز چھُ شیا وَقتس سوٗتر دھارہٕ سنٛدِس صورتس منٛز پرزٕناوان۔

"شیا : ژٕ لکھ کوٚت؟

سوتردھار: (گلہٕ زٕ لو چھُس گژھان) مےٚ، مےٚ، مگر!

شیا : اگر مگر گو دایِنٛز۔ مےٚ ترٛوو کھ ژٕ واریاہ لٔٹھ۔ مگر

سوتردھار: مگر میون دوش کیاہ چھُ ؟

شیاؔ : (ژس تھپھ یلہٕ تراؔوِتھ) چون دوش چھُ یُتےٚ یوت
زِ ژٕ چھکھ پرٕیتھ وِزِ ژٕلان۔ اَتھی چھکھ نہٕ یِوان۔
مگر مےٚ لِسنہٕ کوٚت ژٕلکھ۔ بٕہ تراوتھ ؟

(لون صاؔبُن یہِ ڈراما چھُ تمیٚ ہِندٕین باقے ڈرامہن نِسبتہٕ بوٚڑ۔ اَتھ مَنز چھِنہٕ اَکیٚٹن تہٕ منظرَن ہنٛز باگے کرنہٕ آمٕژ۔ ڈرامہکی ساری منظر چھِ لائٹہٕ تہٕ پردَن ہِندِ ذٔریعہٕ بدلان۔ سٹیٚجس پیٹھ پیش کرنس چھِنہٕ اَتھ زیادٕ دِقت۔ کیٛنہہ مُمکنہٕ مُشکل منظر چھِ مکالموٚ ذٔریعہٕ ووتلان۔ ڈرامہکی مکالمہٕ چھِ جاندار مناسب تہٕ کِردارن حسبِ حال۔ یِم چھِ واقعات برٛونہہ کُن پکہٕ نادٕنہٕ علاوٕ کردارن ہنٛز شخصیژ تہٕ پوٗرٕ پوٗر بیش کران۔ ماجہٕ ہِندٕین مکالمن مَنز چھُ ماجنیاۓ چیندر کانتایہ ہِندٕین مکالمن مَنز لول، گوٗرو ہِندٕین مکالمن مَنز علِم تہٕ بادشاہ ہِندٕین مکالمن مَنز وجاہت تہٕ توٗمک ژٕکھ۔ کُنہٕ کُنہٕ جایہٕ چھےٚ کِردارن ہنٛز داخلی خوٗدکلاؔمی تہٕ یوٚہے تہِندِ اَندرمہٕ تصوٗدمک پَے چھےٚ دِوان۔ مکالمن مَنز چھِ زبان سنسکرت آمیز تکیاز ڈراماؔیی واقعہٕ چھُ قدیم تہٕ فنکارن چھُ قدیم تہذیبی ماحول برقرار تھاوٕنٕچ کوٗشِش کٔرمٕژ۔ تہٕ گٔرتھ تہٕ چھِنہٕ یِم سنسکرت آمیز مکالمہٕ بوزن وٲلِس اجنٛبی تہٕ مُشکل باسان۔

"شیا" چھُ تواؔریٖخی ڈراما آسنہٕ باوجود اَکھ علامتی تخلیق تہٕ۔ یہِ چھُ اِنساؔنی بجرُک تہٕ تھزرُک ڈراما۔ ڈرامہکی کِردار چھِ پَننہٕ پَننہٕ جایہٕ کردار تہٕ تہٕ اِنساؔنی خصوصیژن تہٕ مختلف قودتن ہنٛز علامژ تہٕ۔ شیا چھُ ہمیٚچ، حوصلچ، گاہٕ جارٕچ تہٕ تھوٚربانٕی ہنٛز علامت۔ یِم ساریے خوبیہٕ چھےٚ اِنسانُن بوٗد اِنسان بناوان

تہ تمہٕ ہندِ زندگی مانہٕ بخشان۔ ماج، سوٗتردھار، چندر کانتا بیترِ کردارن تہ
چھِ علامتی حیثیت حاصل سپدان۔ کردارن ہتی ہتی چھِ وہتھ تہ ڈرامہس
منز اَمی علامتی معنویژ ستی مالا مال۔ ڈرامہک بنیادی مسلہٕ چھُ سیلاب۔
یہ سیلاب چھُ ویتھہِ ہندِ غوصہٕ تہ کرودھ۔ وہتھ چھِ کشیرِ ہندِ تواریخ
گواہ۔ یہ چھِ پتہٕ ونہ پیٹھ پکان تہ یتیچ تہذیبی، سماجی تہ سیاسی زندگی
وُچھان روزٕہنژ۔

معنے چھُ یموے تہ دآری یوٗکِنز چھُ یہ ڈراما تواریخ چوکتابو منزٕ نیبر
نیرتھ ازکالکِس سماجی تہ تہذیبی حقیقژن تہ آبہ ہاوان تہ ستی انسانی زندگی
ہِندِس وسیع تناظرس منز تہِ یمنٕہ اہمیت تھاوان۔ لون صاحبنز سماجی وابستگی
چھِ اَمہٕ ڈرامہکس رُوحس منز۔ لوکٕٹس طبقس منز یدس انسان سُند فکری
تہ عقلی ارتقار چھُ اَمہٕ سماجی وابستگی ہُند گوڈنیک نشانہٕ۔ سیلابہٕ دیوس
نشہِ بستر آژ تہ اَتھ پیٹھ روزن والین لوکن نجات دیاوُن چھُ مانہٕ کس سُوتھرس
پیٹھ بجایہ خوداکھ تہ عمل یُس ڈراما نگارہ سنز انسان دوس شخصیژ ہُند خاب
چھُ۔ یہ سیلاب چھُ ظاہری تہِ یُس ویتھہِ کھنہٕ بل پیٹھ ووٗلرس تام کھسان
چھُ مگر اَمہٕ علاوٕ چھُ یہ مختلف النوع سیلاب تہ یُس عام لوکن ہندن
آشن تہ ووٗمیدن دوہے پانس ستی ڈٕہتھ نوان چھُ۔ حکمران طبقس چھِنہٕ
اَمِچ چھِہ تہ لگان۔ وزیرٕ سُند رازس ونُن زِ ساری چھِ خوش تہ خوشحال
چھُ زان اَستھ ازاآنی لاگنک اشارٕہ۔

یتھ چھِ اکھ کتھ وِنہ لایق زِ لون صاحبن کوٗرٕ کاشرس منز یمہ
ڈراما نگاری ہُند آغاز "ونہِ چھُ سانی" ڈراما ستی۔ یُس اکِس مشرقی سیلابک ہنز

تباہ کاری تہٕ اَمہِ کِس تدورکس مُتعلق زان پاۄِد کرنہٕ باپتھ لیکھنہٕ آو۔ یہ ڈراما
اوس اَکہِ سرکاری پروگرامک حِصہٕ ۔ عینِ مُمکن چھُ زِ لون صابُن ما آسہِ ہیٚے
یوٚہے ڈراما لیکھنہٕ وِزِ شیاَ سٕند خیال ذہنَس مَنٛز آمُت یُس تمیٚ پانژھ
وُری یَتہٕ لیکھُن ہیوٚت ۔" وِز چھ سأنۍ" اوس ہنگامی نویٖشر ہُنٛد فرمأیشی
ڈراما یُس نیٚنبر مس ڈیٚس پیٹھ لیکھنہٕ اوس آمُت مگر "شیا" چھُ ڈراما نِگارس
اندر گُپتھ تخلیق کار سٕند کرِشمہٕ ۔ ہنگأمی ادَب چھُ ژَلہٕ وُلِنہٕ وَقتَس سیتی سیتی
ژلان تہٕ مُشتھ گژھان ۔ اَمیُک اہمیت تہٕ لگہٕ ہأری تہٕ چھیٚنے ختم گژھان مگر سو
تخلیق یوٚسہٕ فنکار سٕنٛزِ داخلی تہٕ اِنفرأدی شخصیژ ہٕنٛدِ آگر پیٹھ پانے وُزان چھےٚ
چِھنہٕ مَران ۔ "شیا" ڈراما چھُ مُیتھُے فن پارٕ ۔

یوٚدوَے علی محمد لون صابن "شیا" ڈراما بَنار کھیس تہٕ آسہِ ہیٚے نہٕ
لیٚوکھمُت توتہٕ آسہِ ہے کأشرِس اَدبَس مَنٛز خصوصاً ڈراما نِگاری مَنٛز تمِس اَکھ
بوٚڈ مقام حأصل ۔ ٭

# کتابیات

## • کأشُر


۱۔ رہبرؔ، اوتار کرشن / خیالؔ، غلام نبی — کأشُر نثر — جموں و کشمیر کلچرل اکیڈمی

۲۔ شانتؔ، رتن لال — نثرچ کتاب — کشمیری ڈیپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی

۳۔ شانتؔ، رتن لال — افسانہٕ کیاہ گوٚو — " " " "

۴۔ مشعل سلطانپوری — کأشِر نثرٕ کۍ تأمیرکار — " " " "

۵۔ ناجیؔ، منور / شوقؔ شفیع — کأشِر ادبُک تواریخ (نوٚو) — " " " "


## • اردو


۶۔ اعظمی، خلیل الرحمٰن — اردو میں ترقی پسند ادبی تحریک

۷۔ پریمیؔ، برج — جموں و کشمیر میں اردو ادب کی نشو نما

۸۔ سروری، عبد القادر — کشمیر میں اردو (جلد ۲/۳)

۹۔ فاروقی، شمس الرحمٰن — افسانے کی حمایت میں

۱۰۔ نارنگ، گوپی چند — اردو افسانہ روایت اور مسائل

## • انگریزی

۱۱۔ ایلیس، فرمر — دِی فرنیٹرس آف ڈراما

۱۲۔ پی کاک، رونالڈ — دِی آرٹ آف ڈراما

۱۳۔ جیمز، کالڈووِل — پرسپیکٹوز آف فکشن

۱۴۔ فورسٹر، ای۔ایم — اسپیکٹس آف ناول

# رِسالہ

## • کاشُر

| | | | |
|---|---|---|---|
| ۱۔ | انہار | شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی | فائل |
| ۲۔ | سون ادب | جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی | 〃 |
| ۳۔ | شیراز | 〃 | 〃 |
| ۴۔ | فنکار | کلچرل آرگنایزیشن، سرینگر | جنوری فروری 1988ء |
| ۵۔ | کوہ نگ پوش | سرینگر | دسمبر 1954ء |

## • اردو

۶۔ آجکل نئی دہلی فروری 1972

۷۔ تعمیر محکمہ اطلاعات، حکومت جموں وکشمیر فروری ۱۹۸۹

۸۔ شیرازہ جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی فائل

۹۔ ہمارا ادب 〃 〃 〃 〃

## • اخبار

۱۔ روزنامہ سرینگر ٹائمز سرینگر مورخہ ۱/ 2/ 5 جنوری ۱۹۸۸ء